# انتساب



تمہِ شینہٕ کہِ ناوٕ
یِمی میأنِس تخلیقی سفرس
دوران منٛز وُ وپھ نیار دُیٚت
وچھس وُشہِ نیار دیُت تہٕ
اچھرن اظہار دُیٚت۔





آسءِ ہا نے قآد یتھ کرژیرِس اڈدر
ولسنس آمُت سمندر آسءِ ہا



| نمبر | ترتیب | صفحہ نمبر |
|---|---|---|

# (رتہٕ دأوی اچھرن مالہٕ کرن وول شاعر) بشیر اطہر

پننہِ شعرِ سومبرنہِ ہُنٛد دیباچہ بێیِس قلم کارس اتھِ قلم بند کرناوُن چھُ مشرقی تہذیبس منٛز اکھ قدیم رواج یُس ازتہٕ رائج چھُ۔ امی رواجٕچ پاسداری کران ہێتھ میٚے بشیر اطہر صابنہِ شعرِ سومبرنہِ ہند دیبأچہِ لیکھنچ ذمہ دأری مٕتہٕ۔

دیبأچہِ لیکھنُک اکھ فأیدہ چھُ یہ زِ اکھ عام قأری یا پرن وول چھُ ذہنی طور تیار سپدِتھ سومبرنہِ منٛز شأمل شعرن ہُنٛد مطالعہٕ کران تہٕ کانہہ مغالطہٕ کھنہٕ ورأیی پننہِ بترِ مطأبق لطف اندوز سپدان۔ تمِس چھُ شعرن تہٕ شعروٚنن وأرِس متعلق بڑونٛٹھے زان کأری حأصل آسان گژھ۔

بشیر اطہر چھُ مزاجٕ کنہِ اکھ افسانہ نویس۔ افسانہ نویس چھُ بنیادی کتھہِ گۄڈ آسان۔ چھرا افسانہ نویس چھُ کتھہِ گراں دلیلہٕ تھران تہٕ ونان۔ أمی سُنٛد لہجہٕ چھُ آسان بیانیہ تہٕ زبان سوٚے یوس

اِمس اندیٚ پکی بولنہٕ آسہِ یواں تہٕ یوس یہ پانہٕ تہٕ آسہِ بولان۔ بشیر اطہرس تہٕ اَکس چھرا افسانہٕ نویسس درمیان چھےٚ اکھ ٹاکارٕ فرق۔ بشیر اطہر چھُ مزاجٕ کنیٚ اکھ افسانہٕ نویس آسنس ستیٚ ستیٚ مؤلہٕ تلہٕ اکھ شاعر تہٕ۔ مزاجس منٛز یم زٕ رنگ شامل آسنہٕ ستیٚ چھےٚ بشیر اطہرنس فنس کھہرن لگان۔ افسانہٕ نگاری ہندِ رجحانہٕ کنیٚ آسہِ ہے اہنزن نظمن تہٕ غزلن ہند حاوی لہجہ (بیانیہ)۔ یعنی یہ آسہِ ہے (صورت حال) (کہانی) یا (تجربہ) ونان مگر اُمس اندرٕ بٔستھ شاعر چھُ اِمس اتھٕ رؤٹ کران تہٕ اُمی سُند لہجہٕ چھُنہٕ بیانیہ روزان۔ یہ چھُنہٕ (صورت حال) (کہانی) یا تجربہٕ (باوان) یا (ونان) بلکہ (ہاوان)۔ تجربہٕ چھنہ بیان سپدان بلکہ علامژن، صورژن تہٕ استعارن منٛز یتھٕ کنیٚ پیش سپدان زِ پرن وول چھُ پننہِ بترِ مطابق تتھ منٛز شریک سپدان۔

تلہٕ سہَ کینٛہہ کر سے کرٕن از قاٗد
کانہہ کسب ہاو زانہہ وجود لبکھ

از تہِ ؤنٛی ہتم مےٚ لامکانچ کتھ
تلہ سہَ اسہِ ہاو زانہہ وجود لبکھ

یوٚ ہے چھُ اکِس شاعرسنٛز کامیابی ہندگوڈنیک پڑاو۔

خالے آسہِ کانہہ نفرتیٚتھ یُس نہٕ ماحولہٕ ستیٚ متأثر آسہِ سپدان۔ مگر سبٹھاکم چھِ تِم یِم ماحولس ستیٚ بتھی لاگے کرِتھ یا اتھ پننِس سانچس منٛز تراونچ ناکام کوشش کرِتھ اکِس مسلسل تصادم آرآیی منٛز زندگی گزاران چھِ۔

بشیر اطہر چھِ نفسیاتی سطحس پیٹھ موجودٕ ماحولس ستیٚ تصادم آرا باسان تہٕ اکہ تِتھِ ماحولچ کلپنا کران یُس تِمی سندِ تخلیقچ پاے داوار آسہِ ہے تہٕ یُس بشیر اطہر نِسٕ مزازس براہ تہٕ یی ہے۔ انسانہ سُند ماحول تخلیق کرُن چھُنہ اکِس فردٕوأحدسنٛز کأم۔ ماحولس چھِ سماجس منٛز روزن وألی تمام انسان اجتماعی طور زنم دِوان۔ أڈی چھِ ماحول کِس سانچس منٛز پنن پان تراوان تہٕ سمجھوتہ کرِتھ زندگی گزاراں تہٕ أڈی کاوگاٹلی چھِ ماحولس ٹھولہِ یواں تہٕ پننہِ خاطرٕ تناو تہٕ بے چینی مٔلی ہوٚ ان۔ بشیر اطہر چھُ دویمہِ Category ہُنٛد کاوٕ گاٹل یمی تناو تہٕ بے چینی ہش دولت پرأو تہٕ یہے دولت چھے فن کأری ہُنٛد لباس وٚلِتھ أمی سنٛز شاعری منٛز چھلِتھ۔

سیکستانن اندر جنگل سجأوِکھ

نین نارن لیوٚکھٕکھ سہلاب ناوس

ہرد تھوٗکھ پٹھوٗل پرٕتھ بہارس
سبزوارن لیوٚکھکھ سہلاب ناوس

پننہِ باپتھ اکھ سازگار ماحول یا دنیا پاۍدٕ کرنک تماہ کس آو ازتام بامل زِ بشیر اطہرس ییٚ ہے۔ یہ تماہ چھُ تمہے روزان۔ بشیر اطہرس چھُ یہ تماہ کم کم حسین تہ ماٗری منزٕ شعر تخلیق کرنس پیٹھ وُتشاوان۔

از آرِ پلن اکھ نوٚوٗے آکار دِواں چھُس
بے حبس کنین سوٗد بوٗد تہ بیٚیہِ اظہار دواں چھُس

خط زاٗلی اگر تمی تہ خطاوار ونوکس
لفظن تہِ اگر آسہِ ووٚں اشکال مسا کھوژ

میانہ خاچ وجارگی چھا ئو
دون اچھن منز چھِ خاب دہ در دہ

ئوی نغمہ کنن گرٛھی مےٚ گرٛھنی دارِ دمن پیٹھ
قمرٕن تہ جلن میلہِ یوٚد اظہار کرو کتھ

بشیر اطہرؔ چھُ کأشرِ نظمہِ کیو غزلہِ شاعرن منٛز اکھ بیوٚن تہٕ بدون لہجُک شاعر۔ یہ لہجہ چھُ امس پنُن۔ یہ چھُ پنُن اکھ سوچن زاویہ تھاوان۔ کأشرس منٛز چھُ اکثر وچھنہٕ آمُت زِ اکثر شاعر چھِ پھری پھری تی ونان یہ بڑونہہ ونُنہٕ چھُ آسان آمُت یا چھِ کأنٛسی یا زِ ٹھی شاعر کامیاب تہٕ مقبول شاعرن ہندِس اسلوبس تقلید کران۔ اتھ پوٚت منظرس ہیٚوچھو تہٕ بشیر اطہرؔ چھُ تازہ واوِ کی پأٹھی گژھان یہ ماران باسان۔

وول مرِ نہٕ کانٛہہ لا یلاج گامُک
سڑک چھِ شیرن سفر چھُ جأری

یا

آسہٕ ہا نے قأد یتھ کریِس اندر
وولسنس آمُت سمندر آسہٕ ہا

اُمی سُند لہجہٕ چھُ نہ صرف تازٕ تہٕ سأدروار باسان بلکہ چھُ بشیر اطہرؔ زندگی نشِ پننہِ آیہِ معنے تہٕ مطلب اخذ کران تہٕ شعرن منٛز بران۔

یتھ پتھرِ اندر ژونگ اے زولتھ تہٕ سوٚنچھ نا
ہُتھ بالہٕ تھوٚنکِس پپٹھ شوٚنگتھ طوٗفان ہے احسان

مےٚ چھےٚ ووٚمید زِ بشیر اطہرنٟ یہ دوٚیُم شعرٕ سومبرن سپدِ بشیر اطہرنٟ پچھان تہٕ شناخت قایم کرنس منز مدد گار ثابت۔ یتہِ چھم ووٚمید زِ کاشرِ ادبی حلقن منز سپدِ یتھ شعر سومبرنہِ خاطر خواہ پزیرایی حاصل۔

رفیق رازؔ،
نیو ایرپورٹ روڑ،
باغات۔ سری نگر۔
۱۹ فروری ۲۰۰۷ء۔

# میأنی کتھ

میأنی دوٕیم شارٕ سوٗبرٕن چھ حاظرِ خدمتھ۔ یہ چھِ میأنی ارزتھ تہٕ میأنی ازتاجٕ کمأیے۔ یہ چھ صرف میوٚن گدرُن۔ میوٚن زوٗن تہٕ تہِ یہِ بہٕ چھُس۔ کُنہِ کُنہِ شاید تہِ تہِ ینہٕ بہٕ چھُس۔ انسأنی زندگی چھ مختلف پڑاون پیٹھ مختلف رنگن منز رنگنہٕ یوان تہٕ یوٚہے چھُ وجہ زِ انسأنی سوٗنچ، انسأنی قدرٕ، ویوہار تہٕ انسأنی تجربہٕ چھِ الگ الگ رنگن منز رنگنہٕ یوان۔ شأیر یا قلم کار تہِ چھُ مختلف پڑاو طے کران تہٕ تسُنٛد سوٗنچ تہٕ تسند تخیُل تہِ چھ الگ الگ رفتارتہٕ لے رٹان۔ یہِ سہٕ راتھ اوس سوٗنچان تہِ چھُنہٕ از تہٕ یہِ از چھُ سوٗنچان تہِ آسہِ نہٕ پگاہ۔ تسُنٛد حسبلہٕ زوٗن چھ تہندن تخلیقن منز پٹُن پرتو ترٛاوان۔ شار یا باقٕے کانٛہہ تہِ ادب پارہ یتہِ الہأمی تہٕ Effort less چھُ آسان تتہِ چھُ انسأنی تجرُبن، زندگی ہنٛدین گتہٕ گیرٕن تہٕ تسنٛد بن أندی پکھی کبن سپدن والین واقعٕہن ہنٛد اثر اتھ پیٹھ تتھے کُنٛ آسان یتھ کُنٛ سہٕ کلُہم کأیناتہٕ چیٖن زووزأ ژن پیٹھ آسان چھُ۔ فرق چھے پیٚٹھ ے زِ شأعر یا قلم کار چھُ ہناہ زیادے پہم حساس

آسان تہٕ اوے چھُ سہٕ دودہٕ شُری ہندی پاٹھی لوکچِہن لوکچِہن کتھن پیٹھ تہِ React کران۔ بہٕ چھُس شارتہِ لکھان تہٕ افسانہٕ تہِ۔ مےٚ چھنہٕ یہِ پتاہ زِ ہ بہٕ چھساہ شارجان لیکھان کِنہٕ افسانہٕ مگر یہ کتھ چھ ضورؤر زِہ مےٚ چھِ دوشوے ٹاٹھی۔ میأنی یہِ دویم شارہٕ سوٗبرن چھ پئتِ مِہن داہن ورہن ہُند میون سرمایہِ یُس بہٕ توہِ پیش چھُس کران۔ اتھ کِرِ ھ پزیرأیی سپدِ ہ تہِ ونہِ ہِنہٕ وول وکھ مگرو میدچھم زِ ہ یہِ باسہِ پرن والین اکھ جان کوٗشش تہٕ شاید باسکھ اتھ منز کینہہ نوبرتہِ کیاِ زِ ہ مےٚیہٕ چھُ دعوازِ ہ

اطہٓرٕ نبن شارن کیاہ خوٗبی
انداز پٔنُن اظہار پٔنُن

یہِ سوٗبرن توہِ تام واتناونس منز کوٗرمےٚ معروف اردوتہٕ کاشُر شاعٔر رفیق رازنؔ اتھہِ روٹ یہُند بہٕ مشکوٗرچھُس۔

والسلام

ملک بشیراطہؔر

# نعتِ شریف

ژٕ نظرِ عنایت مےٚ کر یا محمدؐ
مےٚ شامس کرُم حض سحر یا محمدؐ

ئہ کرٕہا ہمتھ نعت چوٗنے بہٕ لیکھ ہا
عطا کر مےٚ لفظن بحر یا محمدؐ

مدتھ کر کوٗٹھبن لورِ ژٕنڈ زن چھِ آمٕژ
پریشان گام و شہر یا محمدؐ

بہارس ونن گاٗمژن زن چھ قوٗفِچ
ہواوِس یزیدی اثر یا محمدؐ

سکبتان چھِم ازلہٕ لاٗنس مےٚ لیکھِتھ
عطا آبِ زم زم ژٕ کر یا محمدؐ

خودا راہ کرم اکھ نظر رحمتٕچ ترٛٹھ
مےٚ چھم مٕژ بنن تَتھ گوہر یا محمدؐ



# نعتِ شریف

لَس کیاہ چھُ غم نظرن اندر یَس روۓ آنسرور
یَس آسہِ بس وِردے زبان سُے کوۓ آنسرور

عرشَن تہٕ فرشَن نافہٕ ژھوٚٹ عالم معطر گوٚو
باغَن تہٕ ڈوربن پھیوٚرُ ئلو خوشبوے آنسرور

بۆڈ بارٕ شہنشاہ چھِ گدا گر تہٕ کرِتھ خم
ملک و فلک دس بستہٕ از خوشخوے آنسرور

دوٚ پہٕمس زِ ہَوااوو پکاں کوٚتن ژٕ چھکھ جھکی جھکی
دوٚ پہٕنم پتاہ چھے نا دواں چھس سوے آنسرور

مکّس چھُ گاشی گاش مدینس چھُ نوٗرے نوٗر
عربس تہٕ عجمس سایہٕ چھِ گیسوے آنسرور

کتہِ آسہِ ہے اختابہٕ پرہزلان یوٚت نبس پتّھ
وُچھمُت اگر تمی آسہِ ہے نَے روے آنسرور





ژٕ چھکھ ئلہِ تہلہِ چھُ رنگ یتھ کائیناتس
بخشتس زندگی حض شش جہالتس
فرش تا عرش بس چائنی چھ عظمت
دِتُتھ تأثیر ژٕ ے آب حیاتس





غمن منز گیر چھُس فکرو کوٚرُس خم
کرُم نظرِ عنایت کیٛاہ گژھی کم
ژٕ چھُکھ رحمُک تہٕ کرمُک اکھ سمندر
ژٕ چھُکھ ختمِ رسُل فخرِ دو عالمؐ

بہٕ چھُس اکھ اُمّتی یوٚدوَے گونہگار
نہَ چھُم کانٛہہ پتھ نہَ برٛونٛہہ ، نَے دوست نَے یار
مےٚ پھُٹ مٔژ ناو چھُم بُتھ آوُلن چھُم
کرَم کر تَم دِتم گُنہِ پأٹھی اتھ تار

ژٕ چھُکھ پتھ وَتھ پیٚٹھَے ستھ کاینا تگُ
ژٕ چھُکھ آگُر لگے آبِ حیا تگُ
ژٕ چھُکھ افضل تہٕ برتر جوٗرِ ما چھُے
ژٕ لعلِ بے بہا چھُکھ شُش جہا تگُ

انبر کاسُم تہٕ نوٗرِ ے نوٗر بخشُم
اجابتھ تھاو ژےٚ روٗس ونتہٕ گُس چھُم
علی الاعلان ونان چھُس چھُم نہٕ کانٛہہ غم
ڈٕکھِس پانے رُسولِ محترمؐ چھُم

طوٗفانن منز مےٚ چھم ستھ ناو چوٚنۍ
گٹن اندر گُنیٖ وَتھ ناو چوٚنۍ
تھواں ملکن انٛدَر چھُس کاٗر تھٔز حض
مےٚ چھُم بٔڈ بارٕ سبقت ناو چوٚنۍ

نورٕچ ژٕ چھُکھ مشعل تہٕ زٕژاہ اسہِ تہِ عطا کر
افتابہٕ ، تارکھ ، زوٗن برس تل چھِ گدا گر
ظُلماتٔھ ژلاں دوٗر جہالت چھِ کھٹان بُتھ
اقلیم در اقلیم بس تابان آنسر ورٚ

پزٕرُک گُنۍ آگُر امینن ہُنٛد امانت دار
عرشُک چُھ خود مختار سُے فرشُک ضمانت دار
ینٛدِ ہ پاسہٕ گھرٕژن رحمتٕکۍ درواز ساری وُتھی
ینٛدِ ہ فیضہٕ کھُلن قودرتٕکۍ ساری موٗللی اسرار





آسہٕ ہا نے گُنز تہٕ آزر آسہٕ ہا
مرٕژگر نے آسہٕ ہا پرٕ آسہٕ ہا

آسہٕ ہا نے قاُد یتھ کریرس اندر
وولسنٕس آمُت سمندر آسہٕ ہا

گُس پرٕ بم اکھ کوٗل تہٕ زوٗرپاٗ غام چھُس
آسہِ ہم ہے زیو قلندر آسہٕ ہا

رِکھ ڈٔلچ گیہِ ہُجِ تہٕ انہِ گٔڑ نال ووٗل
نے تہٕ از وقتُک سِکندر آسہٕ ہا

میلہٕ پٔٹ تگہِ ہم پرٕ ژٔ منزِل لبُن
کاروانس از بہٕ رہبر آسہٕ ہا





ناگن تہٕ کولن شام از پریڈان تِتھے پأٹھی
بُتراتھ ڈِیان نب تہٕ اویزان تِتھے پأٹھی

منزل تہِ تِتٕ وتھ تہِ سوے پڈی آکھ تتھے کُنی
کہتام گرٛڈھان ہیٚہ بہ چھُس راوان تِتھے پأٹھی

شوقس چھُ گومُت سہو عقیدس چھِ منہمی
نتہٕ از تہِ چھُم وردِ زبان قرآن تِتھے پأٹھی

شام جبش سریس چھُ ڈلکس پیٹھ تہِ زِ ژن سوٗر
وُژھ دأر تِتھے کُنی تہٕ کُٹھ پیاران تِتھے پأٹھی

طوٗفان برٛژھاں شہرِ کِس شہرس أچھن اندر
نون بےٚ تہِ چھُ درامُت گامہٕ ازاسمان تِتھے پأٹھی

کوٗفکی چھِ منظر نارکی خنجر تہٕ روٗسی کُٹ
تس عربہٕ کِس لالس وچھُم ژھانڈان تِتھے پأٹھی





کَرَو کانْہہ کتھ یہِ خاموشی مِٹاوِو
وُچھو کانْہہ وتھ یہِ خاموشی مِٹاوِو

اگر پوشِری دزن شمع ژھوٚن ما
کَرِو کانْہہ گتھ یہِ خاموشی مِٹاوو

مُتھوٚلتس کھوٚلی زن تُمی وُوٹھ پنُنْ زانہہ
یہ میوٚنے رتھ یہِ خاموشی مِٹاوو

کریو پرگالی پڑ ہتھ خابس خیالس
خوٚدالیس پتھ یہِ خاموشی مِٹاوو

یہ چھُس شِنہِ مانہِ تل اکھ قطرِ آبُک
گمِژ چھم دتھ یہ خاموشی مِٹاوو

ھوا ڈول، ڈول سمے، رنگ زندگی ڈول
مہ ڈالو کتھ یہ خاموشی مِٹاوو





گھڑٕ بوزہ ناوُکھ گام تے شہار غزل مێون
اکھ مُنفرد انداز تے اظہار غزل مێون

روٗحس چھ تراوتھ تہٕ اکھ سنجیونی جگرس
نو تازگی پھیری چھُ سأدر وار غزل مێون

کل یِگ کہِ سکبتانہٕ انٛدر تاپہٕ تُرٹن منٛز
اکھ میوٛٹھ رسێل بونہِ ہُنٛد شہجار غٕزل مێون

بنٛگالی چشمن ہنٛز چھُ مستی لولہٕ کی ساگر
محبوٗبٕ وُٹھن ہُنٛد موٗدُر کُمجار غزل مێون

عرفانہٕ کی ساگر چھِ وُوزاں زن تہِ ویری ناگ
مخمٕلی فرٕش ایرانہٕ کی سبزار غزل مێون

رحمان راہیؔ، کاملؔس، رازسؔ ژے تلتھ حض
ژاٹن اگر کینٛہہ نووژیے چھُے تلی ژار غزل مێون





گردِ غبارس منز دکھ نا آواز لگے
یتھ سمسارس منز دِکھ نا آواز لگے

سکہِ ہنز پاں ژادر ہشی وٗ ژھ تے اُچھی کانہ
سکہِ انبارس منز دِکھ نا آواز لگے

شام سپد ووٗنی راتھ وبکھرِ پھاںلاواں پر
راٗژ جہارس منز دِکھ نا آواز لگے

نارن ژھٹھ کڈ فریمس منز تصویرے دٔز
دوٗھی گٹہٕ کارس منز دِکھ نا آواز لگے

ڈلہٕ چھِن ملربن تامتھ ڈینٹھم بدلے تہ
چار چنارس منز دِکھ نا آواز لگے

سوسن رنگ پھیۆر ہردن باغس زردٕی ستؠ
سونتہٕ بہارس منٛز دِکھ نا آواز لگے

بہٕ تہِ چھُس ژھاران چون پتاہٕ ژتہِ ژھاراں میۆن
یأگی شہارس منٛز دِکھ نا آواز لگے





یِم لٲوِ لوکٕڑ شوق ژٕ ووٚنۍ ساوٕ ونس منٛز
چھی تازٕہ زخم دگ پٔننۍ شہلاوٕ ونس منٛز

تگہِ یے تہٕ تھوٚک سودرٕ وٚ چھس منٛز کھٔٹِتھ اسمان
یِم ترٛیشہِ ہٕتۍ وُوٚتھ ہیتھ تھوٚک ڈٔری یاو ونس منٛز

گام وشہرانہِ گوٚٹ چھُ ؤلتھ نال ژواپاۤرۍ
طوٗفان منس منٛز تہٕ ووزُل واوٕ ونس منٛز

دپہٕ کھے تہٕ سکج کمب تہِ چھس یوٚ دوے تہٕ دِمس زاۓلۍ
دپہٕ کھے تہٕ گوٚنگُل ، بیوٚل ، ول منساو ونس منٛز

دو پنم برٛ ژھل کینہہ شاہ اگروٗ ونہِ چھی تہٕ زمانٕکو
یِم تاہ تہ بالا سرٛنۍ ووٕگنۍ انژ راو ونس منٛز

کینہہ خاب سپدی سکھ اَ چھن اندر رتہٕ پتو کیاہ
کینہہ خاب ئوئی گرئوی وو پداو وٲنس منٛز

کوٚر دارِ دِمس پیٹھ منٛہ فروزان شمع اَزی
کیاہ اَس پتاہ زاوٕ ازِی واو وٲنس منٛز





شیشہِ دِلہ تھاوِن وٕلِتھ پانس تہٕ دڑاو
سنگ شہرس کُن تمِس از آو آو

شہرہ کِس شہرس نوبے سوسن مزار
تاپہٕ لٔبن انہِ گوٚٹ تہٕ شہجارن الاو

اکھ طوٗفاناہ اوس زامُت راتھ کیُت
اکھ طوفاناہ دوھلہِ گاشن از تہِ زاو

کینہہ اچھر بٔری بٔری کٔنبن اندر تھوٕن
کینہہ اچھر تھاوِن لِکھتھ سیکہِ پٔٹھ تہٕ دڑاو

پٔش اویزاں ساری سے گامس گرن
کٔن تہِ وبسر أمتی تہٕ بے پڑھ اوس واو

گاش تیلان رأژ ہُند ژھوکہ وُن وجوٗد
تاپھ، گلہٕ وُن یکھ تہٕ دٲریاوُک بہاوٗ

سودرہٕ تنہِ پپٹھ ژأنگی کینہہ زألِتھ تھون
واوٕ طوٗفانن کٔرِتھ زنجیٖر دژاوٗ





شیٖشس چھِ ہناہ کھےٚ کھٔٹِن گرداب زمانٕکی
ٲچھی میٚانہِ سمندر زِہ پھٹاں خاب زمانٕکی

مازنٛدرانس منٛز چھِ تِتھی عیار دِوان ژھوہ
منٛد چھان ووٗنی رستٕم تہٕ بے یہ سہراب زمانٕکی

پتھ گُن دِپاں تٕم نوٗرٕ آگر ٲسی چھکان نوٗر
ازٕ رأ ژھنٛدی ہوِی وِیہہ کران مہتاب زمانٕکی

لَلہٕ دیدٕ تہٕ غنی، نُندہ ہوِی اصلاف توٲریخ
ووٗنی یم چھِ تٕم بس مال تے اسباب زمانٕکی

رتہٕ دأے اچھر، معنہِ ژھوچر، خام خیالات
تِتھی ہوِی سبٹھاہ دیوان گیٖہِ غرقاب زمانٕکی

دیوانہٕ ، موت مجنوٗن تے آوارٕ تہٕ کیٚاہ کیٚاہ
سیٖنس مٕنٛز حض کھٔنی کھٔنی تھوِم القاب زمانٕکی





ئِلی خۄنِ دِل ارزان کۄرُم جوشہِ چمن آو
لأزن تہٕ جوین منٛز منٛہ بورُم جوشہِ چمن آو

سنگلاخ سپدی ناگہٕ آگر یام وٕٹکھ موٹھ
رٔنبی آر تھأمِتھ موم کۄرُم جوشہِ چمن آو

انہِ گۄٹ زِہ تیۆ تاہ عرش فرش غأب گٔمتی آسی
أچھی گاشہِ ئِلی دنیاہ میٛے بورُم جوشہِ چمن آو

ہُتھ پتھرِ ہ اندرگٔلی تہٕ زٔری لُکھ آسی عجب زاتھ
یامتھ پٔنُن افسانہٕ پۆرُم جوشہِ چمن آو

اکھ پرون ہِر یا گردِہ بُزی گومُت تہٕ بُڈ یومُت
نِوہ آیہِ نوو اختابہٕ گورُم جوشہِ چمن آو

ہتھ گامہٕ بُتھس اوس لیکھتھ سنٛجِہ رنگو ستی
یُس حال سُے یامتھ منٛہ پورُم جوشہِ چمن آو





آنگنس گومُت چھُ وٕتھ سینٛس تہٕ نچر پھیرِ کیٚاہ
ہرٕدِ واون تویتہٕ کوٚریتھ وارِہ ووٚنۍ تتھ شیرہِ کیٚاہ

گردِ بُزی سمسأری بُتھ اختابہِ تارکھ زوٚن تاں
گاشہِ لےٚ اکھ شامہٕ چھِہن ڈینٛجن وٕلتھ نٔنۍ نیرہ کیاہ

اربہٕ بٔدی اسمان وٕسی پیٔی سودرٕ وچھ خأّلی سہٕ روٗد
بٔرشہِ لدچاھس اندرسمیٖک ژٔکھر اے بیٚرہ کیاہ

گامہٕ ژھاین منٛز رنیمُت شہرٕ کہِن خابن وجوٗد
شہرٕ چھِہن پرٛانہِن لربن کھٔنۍ توتہٕ وُچھی تو نیرہِ کیٚاہ

پان ژٔمی یامتھ کنہِن اندر وچھٕن، حأران گوو
مرٕژ گوٚر ووستاد تے مانو تہٕ پانس شیرہ کیٚاہ





از سأنؠ کٔنؠ بٮ۪یہِ تازٕ ھوا دراو خبر کوٚت
اسہِ أسی وٕتھی دارِہ بر سُے ژاوٕ خبر کوٚت

مٮ۪یہ تہِ أس پتاہ ہرٕد زردی لوسہِ أخٕر کار
پوٚت کھورِہ مگر سوٗنتہٕ نیٚچر دژاو خبر کوٚت

رٔنبہِ آر، تٔتی، سُے اگُر، شِنہ مانہِ تتھے کٔنؠ
وُونؠ اوس گرٕزان گوو مگر ڈٕری یاو خبر کوٚت

تس پٔریہِ وُوہاں نارٕیمس اوس وچھس منٛز
ہٕرِی سأوی کٔرِتھ دژاوٕ تمِس واو خبر کوٚت

ستہٕ وے سمندر لیس ووُزاں أسس أچھن اندر
پھھشان وُوٹھ از ترلیش ژھانڈان آوٕ خبر کوٚت





سکۂِ پٹھ سہٕ بہتھ اوس ؤ وچھاں خاب مکانکی
تس تڑیشہِ ہِتس اَسی تماہ آب ِروانکی

تم اَسی مخلوٗقے بدلِ، بدلے تہند دنیاہ
نازِل یمن حض اَسی گھڑاں سپر اسمانکی

کتھ آوِ لِنس منز گنڈِتھ تُمی ناو تھِمُژ اَس
نے اَسی غم تس راٗ ژھنڈی نے واوِ طوٗفانکی

بُلبل تہٕ مس نغمن اندر بوٗمبر تہِ ٹلاں ویوٗر
بارو تہِ کنن اَسی گھڑاں عشِق پیچانکی

کھس عالمِ بالا ووچھُکھ اسرارِ خوداٗیی
بُتراٗژ پٹھن وس تہٕ بس روداد زمانکی

اطہرؔ تہِ دپاں اوس لکھاں شار تُمس کتی
کینہہ اَس پنُنی کتھ تہٕ کینہہ بس داٗدی زمانکی





کہتام گوو سۆت ہشۍ سپز رفتار زمانٕچ
کُل گہلہٕ أندری کنز ووچھُم ؤژھ دأر مکانٕچ

سہلاب وگُتھ تیۆت پہاڑن تہٕ گرن ژھٹھ
تمہٕ شہر ینو کتھ تہٕ کرکھ آبِ روانٕچ

بُلبل سہٕ کیٛتھ، غو غاسہٕ کیُتھ بس شامہٕ رنگ صُبحس
مُرٕمژ چھ یہ کمی کاغذس پیٹھ ہأر فسانٕچ

دیوارِ کس کوٗنس انٛدر منحوس کلینڈر
گنزران فقط وأنس فقط وأنس جہانٕچ

تۆت تاپھ سڑک ژٕٹھ تہٕ وأراگ منس مژ
منزل نہ خبر أس اسی کأنسہٕ ٹھکانٕچ

وأنی یمیٛک محمودؔ، رسل میرؔ، اسد میرؔ
ژھانڈان کۆنژ اطہرؔ چھُ تمی شارٕ خزانٕچ





صبحکہٕ نوٗرُک پیکر پیکر
رٔنبہٕ وُن رٔنبہ وُن گوہر گوہر

از دِکھ سودرس زاۘلی لبکھ کیٚاہ
تٔلی اٚسی اتھ منٛز جوہر جوہر

از زن پرٛتھ اندٕہ کنٛزُک عالم
از زن خاۘلی دفتر دفتر

دارِ نبری کنٛز گُلشن گُلشن
دارہ اندری کِنٛز محشر محشر

یاں تھو پنہٕ نِس وعدس عزِتھ
یاں کرمیاٗنِس باور باور

ٲمی سنٛز رحمت ٲمی سنٛز عظمت
پاک منزع، اطہر اطہر





چھت اویزاں پرتھ مکانس کیّا کرو
کس ونو أزی کِس طُفانس کیّا کرو

رتھ ییمِس لأرِتھ وُوٹھن چھُس مأنزِبوے
وونی تِتھِس پیرِ مغانس کیّا کرو

ژم دٔزس یِلہِ تاپہٕ اٹلانٹک تہٕ گوٚل
گوو وکانا اتھ وکانس کیّا کرو

پوٚش پھولہٕ وِنی ٹوٗری، سوٗنچ تازگی
اسہِ چھُ دوٗدمُت دِل جہانس کیّا کرو

چھِم دپاں وو بیوٗل وو پداوس ژٕ پوٚش
ژٕنی چھ گاٮ٘ش ییتھ ٹِھکانس کیّا کرو

پانہٕ یتھ ہیُر آسہِ ھۆکھمُت تریشہِ رُس
أسی تتھِس آبِ روانس کیاّ کرو

ووٗنی اچھن منٛز پھیرٕ ی گرٕ تامتھ چھُ اوٗش
سُےٚ دِمو لۆکن تہٕ پانس کیاّ کرو





پرتھ وانہِ ریگستان وۄپھتۍ سایہ کرٛھنۍ راتھ
طوٗفان، وُونل واو تے گگرایہِ کرٛھنۍ راتھ

بے ووٚنتھ آوٗلن تہٕ سمندر تہٕ جِگر میٚون
وژھ روٗدِ جربن ستۍ ووٚل دِرایہِ کرٛھنۍ راتھ

دِتۍ ھم ھلم گاشکِ تہٕ دوٚپھم گھرٕ ھ امر سپدُ کھ
لیکن ڈٕلکس تھوٚھم مُرِتھ بے وایہِ کرٛھنۍ راتھ

وٕتچ ژٕٹتھ زنجیر ژوٗلس دوٗر سٕٹھاہ دوٗر
یامتھ منٕہ کھوٚجسم اٚچھۍ وُوچھم ہمسایہِ کرھنۍ راتھ

باغن تہٕ ونن پوٚشہِ نین زال وٗلتھ وُوچھ
پرٕتھ بونہِ گُلِس پٕٹھ چھ ماراں گرٛایہِ کرٛھنۍ راتھ

دوپہٕ نم ژٕ شُنیاہ دھوٚنٛژ لبھ اکھ نوٚوے دنیا
یامتھ ووٚچھم ھیوٚر رٕگن تہٕ وٗستھ آیہِ کرٛھنۍ راتھ





ہنگہٕ منگہٕ لتس کہیتام سپُد زن روو سہٕ از
وڑٕوُن جاناوار پتھر تمی پوو سہٕ از

راتھےٕ لگہٕ ارساتس بڑوٕنہہٕ کنہِ وعدہ کوٚرُن
راتھ یہ لِیوکھُن پانے تمی منسوو سہٕ از

راتھ قصیدُک ناوٕ دِتُن یتھ مضموٗنس
پننہٕ نِس تقریرس منٛز تمی ورتوو سہٕ از

وُزملہٕ، بأرش، تاپہٕ قہر وہرأژ مژر
مٛبہ تہِ حض وُ وچھ یتھ موسٔم مٛبہ تہِ حض چھووسہٕ از

چھور چھور کرِ وُنہِ قطرُک منٛزل اوس بدل
اسہِ ئرٕ غلطی کرِیرس منٛز اسہِ تھوو سہٕ از

جامن پننہٕ ننن منز چھا بوٚمبُر لتس کیاہ گوو
پرٛتھ کُنہِ وارِہ تہٕ باغس منز زن رووسہٕ از

تٕمی سنز مأنتھر بٕڑی بٕڑی أچھدر ییل أنن
صرفہٕ بچن أکی ٹو پھ دِژنس مندہ چھووسہٕ از





دوپُن ھے اکھ نوٗوے دنیاہ بساوو
وٕلو نوٕی نغمہٕ سازن پیٹھ سجاوو

چھلو اکھ اکھ ورُق دِلہٕ چینن کِتابن
عبارتھ نٔو یمن منٛز لیکھٕ ناوو

أچھن پننٕہ نٔمن اندر تھاوو سمندر
وُٹھن پیٹھ اہربل، نِل ناگ تھاوو

أنِتھ کتہِ تاں لٔبتھ منت چھ چاأنی
وون لبہٕ کھاسا اگر أسی بےٚ یہِ تہِ راوو

چھُ کوٗلس پیٹھ قلم پننٕہ نُے تہٕ أسن
تہٕ کاجس منٛز گولاباہ نوو سجاوو

ہرُد ویدیو زمینس یاں گوٗنگل کوٚر
کٔرِتھ کیٚا تھوو باغس سوتہٕ واوو





شہُل شہجار ووپداوو زمینس
گتُل بارانہٕ أسی تڑاوو زمینس

ونن اندر کھئٹتھ یم لعل جوہر
ڈبکس جُری جُری تمے تھاوو زمینس

گرٕس باگےٚ بُرِتھ خانن اندر تھوو
ووں ِکتھٕ گنٛز تان سوٚنٛبراوو زمینس

رہر ھیوٚ آب نیراں ناگہٕ چشمن
نظر کمہِ ستی شہلاوو زمینس

چچن۔ افغان، پأکستان کشمیر
بجر امہِ کھوتہٕ کیٛاہ ہاوو زمینس

فلسطینس ، عراقس ، ویتنامس
یہِ کۆر تمہِ کھوتہٕ کیٛاہ کراوو زمینس

رٕتکی ذٕ ریٖ یاو لیکھس سنٛجہِ ڈور بن
وول گُس ہیروشُما ہاوو زمینس

چھ کِتھی یم آکھ ییتھ اٲپنہٕ خانس
ونو کس حالِ دِل باوو زمینس

گٹن منٛز گاش بس نۆرِ محمدؐ
ژٕلو سُے نۆر پھاٲلاوو زمینس





میؤٹھ مُدر گُفتار تہٕ بس
گُنہٕ ساتن دیدار تہٕ بس

أسی ماسا گرزانہہ منگہٕ ھوے
سۆت سۆت آنٛچ دار تہٕ بس

منٛہ تہٕ چھُنہٕ عادت زیادہ کتھن
ژ تہٕ تھووُنہٕ نس وار تہٕ بس

جنت پانس تھو اسہٕ لیکھ
بونہٕ پننٛگ شہجار تہٕ بس

گام تہٕ اتھ گوولأنس اوس
ووٚنی اسہٕ نیٚوکھ شہار تہٕ بس

ژٕمی تامتھ دوپ عأدل اوس
ژٕمی تاں دوپ بے عار تہٕ بس

اسہِ چھا نوٗح ہنٛزٕ ناوِ وُسن
اسہِ گوٚژھ سودرس تار تہٕ بس

کس ونہٕ بوزِہ کُس آلو
دِل زن ژھُم بیمار تہٕ بس

چاٗنس برٛانٛدس تاں واتاں
رٕژھ کھنٛڈ ڈول لوکچار تہٕ بس

خوٗبی کیا چھےٚ اطہرؔ ون
شار چھِ سأدٕر وار تہٕ بس





دگ تہٕ زر لیکتھ جبینس کیا کرس
بے یہ تہِ چھُم کہتام سینس کیا کرس

واولِبن اندرٕ گوݩڈُم رختِ سفر
آوُلن لیکھِتھ سفینس کیا کرس

سکھ تہٕ سیوٚنب بنٛجر تہٕ داوٚگ بارٕ گنڈی
لاگہٕ کیاہ ووٚنی یتھ زمینس کیا کرس

گاہ چھُ سوٚت سوٚت دگ ٹلاں گاہے مژر
ون یتِھس دِلہٕ کِس مکینس کیاہ کرس

چھم نہٕ خبرے کوٚت کالاہ گوم بند
وقتہٕ کِس ظاٗلم سنگینس کیاہ کرس

تٔمۍ عنایت کٔر یہ خاموشی وُوٛٹھن
کیٚاہ ونٛس تتھنٛدس قرٕینس کیٚا کرس

قرنہٕ پھیوٗر دوپہٕ نم سپُد دِل تھاوخوش
توتہِ پرُژھمس دٔل حزٕینس کیٚا کرس





وٕتن پیٹھ کینٛہہ شمع زاٰلِتھ تھوٚو با
ھوا چھُو سِی گٲرِتھ پاٰلِتھ تھوٚو با

یہِ ظلماتُک گچھِر رٕنہِ پاٰنٛ پانے
مگر نوٗرٕچ الم کھاٰلِتھ تھوٚو با

اگر واتُن یڑھان چھِو لا مکانس
پتھر تلِم آسماں واٰلِتھ تھوٚو با

یڑھاں ھے چھِو یہِ دزٕوُن ژونگ پوٗشن
طُفانس روخ ہناہ ڈاٰلِتھ تھوٚو با

لگبس ما تڑیش پانس میگ دوٗلتس
أچھن منٛز ناگ کینٛہہ پاٰلِتھ تھوٚو با

خبر چھا سمکھِوا توھی زانٛہہ نِگاہ کیٛت
گوڑے ہجر چ یہ دگ ژاٰلِتھ تھوٚو با





آغاز زبر انجام زبر
اکھ شام سفر اکھ شام زبر

بہ تہِ گنٛزرُس ژٲمۍ احبابن منٛز
یہِ چھُ فخرٕ یہِ چھُ اکرام زبر

گُنہِ وزِہ زن نادِ دِتُھ چھُ بناں
اسہِ تھوو گٔنڈِتھ احرام زبر

یٔتہِ پٲٹھ دلہِ تامتھ شانت سمے
کشمیر زبر آسام زبر

پیٚالس منٛز دیہِ تو جامِ جمس
اسہِ دیہِ تو بس اکھ دام زبر

أسی بوزو کۆٹھشہ کھهن انڈر
ۆیہِ سونتھ اکھ پاۓ گام زبر

امہِ برونٹھ زِہ ترٛاوو درباز ر
کتھِ گھرٕہ ہٮ۪نٛز پانے سام زبر

اسہِ رالتس أچھ پٹھ أچھ ماتھوٚ
اِدٕ فجرس کۆر آرام زبر

پے پتہٕ ہے چھنہٕ اسہِ کور گھرٕ و
تَمہِ پتہٕ تہِ چھُ خوش اندام سفر





یارِ گُلی کینٛہہ لاگ ہیٚیہِ دِودار کینٛہہ
یتھ سرابس منٛز تہٕ وو شہجار کینٛہہ

دِکھ وپھِک وُشہِ نیرسن پانڈو ولرٕ ہن
زندگی ہنٛدی باسہٕ نے آثار کینٛہہ

نیر شُنیاہ کبو حدو مُژراو اُپچھی
امہِ تہٕ اوُکن آسہٕ نے سمسار کینٛہہ

توٚھی اگر شیرین سوخن پھوٚمون حض
اُسی تہٕ چھِنہ شاید تلخ گُفتار کینٛہہ

راتھ کرٕ تامتھ لفظہ شیشس لیٚکھِن
کینٛہہ سہل معنی تہٕ پُراسرار کینٛہہ

بۆپہِ تہِ کانٛہہ لقمان ما ییہِ دُنیہس
وٚئی شفا خانن دِواں بیمار کیٛنٛہہ

قاۓفِلس منٛز بُت شِکن توٚ ہِ آسہِ نو
آزرس ہِوی اسہِ تہِ چھوفن کار کیٛنٛہہ

از تہِ اِتس ہردُن وُجاۓرِ تھو گرِتھ
از تہِ تمی شیٖرِتھ تھٲون گلزار کیٛنٛہہ

یُس قلم ڈیوٗنٹھُک تہٕ زبو گرہس قلم
کیٛنٛہہ یتی ساۓوِکھ تہٕ پیٛر وپار کیٛنٛہہ

اطہرس حُکمِ کُفر لیوٗکھکھ اوے
شار تمی سنٛدی اَسی دربازار کیٛنٛہہ





یہ دنیاہ آسہِ پُراسرار أسن
عجب بستی عجب بازار أسن

دپاں وأنا کھ وتھ واراہ تۂ أسن
دپاں منٛزل تۂ ناہنجار أسن

چھوکھن میانِہ کھسُن چھا انگ مُمکن
مُتِس بوچھس اندر بُلغار أسن

تہٕنٛدی زُلفِ دُوتاہ شام جبش زن
سیؤ دُے أسن تۂ یاوردار أسن

چھُ آساں تیرِ مژگانن گُرِتھ کش
خموشی آسہِ یا تکرار أسن

یہٗو ے گوو پانہٕ نیٚا رُک حد لا حد
دلس منٛز بس پنُٛن دِلدار آسِن

یہ عرشُک سایہِ نب زن نارٕ ژادر
یہ فرشُک وچھ تہِ نارو نار آسِن

کرو تعویز تیٚلی تہندِس کلامس
پنُٛن تس لہجہٕ تے اظہار آسِن

تصوٗر أنہٕ خانس منٛز چھُ بدلیٖ
سو پیٚری آسہِ یا لوکچار آسِن

چھُ پر بزلاوان گنہس أرنہِ ہُنٛد نار
ہٕژریک باوٹ ڈبلُگ توٗمار آسِن





ونن اندر چھِ آساں لعل شاید
چھُ درویشس یوّے اشِکال شاید

خطن اندر پگاہ سورُے چھُکوُن
سمُکھ ہرگاہ ونم پتھ کال شاید

پدبن تل سینہٕ چھُس آتش فِشانُک
دزاں جنگل اوے تاحال شاید

شدادن ہیوٚت ووں نو و جنت بناوُن
تمِس خابن چھُ درامُت فال شاید

دِواں سگ چھُس بہ یتھ بنُجر زمینس
گوٚمُت چھُس ہوٚکھی مِتِس یژ کال شاید

براں از ٹوٚری تم آبِ حیاتکی
یمو کُر زندگی پامال شاید





وردار زٹھل کریوٹھ سفر اوس سہٕ ما اوس
اکھ گردِ بُزی عالم تہٕ مگر اوس سہٕ ما اوس

فریمس اندر تصویر کسٕنز تام گٹیمژ
أچھ آسہٕ وڑھے ؤژھ یہٕ نظر أس سہٕ ما اوس

پرٕ ہا بہ تھمٕتی لیکھہ نے یم أسی اچھر ٹمٕ
وُوٹھ أسی سبزر اوس، پزر اوس سہٕ ما اوس

تاپچ تمازت،نب،دزاں،بُتراتھ چھکاں نار
تمہٕ تورُکن شاداب شجر اوس سہٕ ما اوس

کُری شِکوہ شکایات لُکو غأر گواہ أسی
مانو زِہ ہے ماحول زبر اوس سہٕ ما اوس

ڈری یاوتہٕ ڈل ھوٚکھ تہٕ سمندر سپدی پایاب
اکھ ناگہٕ پوٚکھر سینہٕ سپر اوس سہٕ ما اوس





میٚہ پنٕنی حال مازانہہ کأنسہِ بأوِم
چھوکن ہنٛدی آکھتامتھ ژٲژ رِہ تھأوِم

أچھن منٛز بس تسٕنٛز تصویر أٚسم
خیالن منٛز صنم واراہ بسأوِم

میٚہ لیوٚکھُم میلہٕ پچھٕ پیٹھ ناوٕ تٕمی سُنٛد
خودا زانان کٔم منٛزٕل میہ پرٛأوِم

میٚہ یُپ دیُٛت نم گرُٹ ڈٔری یاوٕ دیُٛت نم
تٕہ پتٕہ اِدٕ صاف تے شودی ناگ چھأوِم

وٕنن اندر تھوِم ونہٕ وأسی ارمان
سبٕکی یم خاب سبکہِ اندر سجأوِم

گمسِ اَنڈر ژُمِس کہتاں مِشِتھ گوو
توے ژمٕر سودرٕ وچھ تامتھ مبہٕ ہاوِم

گُرم زنجیر واوس ووُپھ مِشِتھ گُیہ
ووتھس بُتزٕ اَژ پیٹھ لے تال رأوِم





زمانٕک ژوک مُدرٕ مشراو پانٕس
شِہلی کینٛہہ ساتھ چھی گھرٛ دۄر پانٕس

دوپُن ینہٕ آش کانٛہہ تھاوکھ پزٕر گوو
بہ آمُت باگہِ چھُس اٗخر زمانٕس

دِواں کتھ زاٗلی چھکھ ِفضہس لبکھ کیّاہ
نہ پاتالےٚ نہ واتکھ لامکانٕس

چھُ سودرُک وچھتہِ ووٚنی خاٗلی وسکھ کوٚت
پنٕن اٗندرِم ژکھوٚلِتھ ہاوٕ پانٕس

عجب وتھ اٗس اٗنتھےٚ اوس ماتھ
نہ زانٛہہ روٗس نہ زانٛہہ ووٚتُس ٹھِکانٕس

سہٕ تارکھ والہِ ہے ول تیوٚت اوُسس
مگر اوُسس نہٕ کانٛہہ تیٖرےٚ کمانٕس





پڑأنٔ تڑ اوو تۓ لیکھو نوۓ داستاں
از چھِ کردار بدلۓ تۓ بدلے جہاں

از سرابن اندر ناگۓ بل سر بسر
از چھُ اسمان بدلۓ بدل کہکشاں

از نۓ رؤ ڈُے وساں پہرِ انڈ ر کیہنی
از چھِ خاأ لی ہلم باگہِ بُڑی بوستاں

از نہ دیوہِ سیاہ نے چھُ دیوہِ سفید
خوفہ رُس پُریہِ منز کوہِ قافس نژاں

چھس نہ کھوژان ووٚنی شامہٕ ژھاین زٕہی
ژھائے پنہٕ نی منہٕ چھم راتھ دوہ کھوژ واں

شہر چھپن گاشہِ رُس تتن وتن گُن وُچھتھ
یاد چھُم از پئنُن گام پھری پھری یِواں

ییتھ کہانی اندر اکھ نوۓ نوش لب
نے چھ عجبس سناں نے وبدا کھۓ دواں





سۆر کینہہ پۆری تو خبر کٔرتھ آسہِ راتھ
کانٛہہ دوا گٔری تو خبر کٔرتھ آسہِ راتھ

اسمِ اعظم سأری سےٚ شہرس پٔرو
بےٚ یہ تہٕ کینہہ پۆری تو خبر کٔرتھ آسہِ راتھ

دارِ بر تژو پرتھ بہو آلَبن اندر
کانٛہہ کتھا گٔری تو خبر کٔرتھ آسہِ راتھ

کانٛہہ زمادہ تیٚتھ وسبس یتھ شاستی
کانٛہہ وتھاہ گٔری تو خبر کٔرتھ آسہِ راتھ

تمٕے اگر سأری صنم مسمار کٔری
نٔوی صنم گٔری تو خبر کٔرتھ آسہِ راتھ

کتھ کنبتھ گُزرِیو دوہ زانم تہٕ پان
راژ کینہہ گٔری تو خبر کٔرتھ آسہِ راتھ





پرٕدم اگر اے پوشہِ وُنِ تٕمۍ سُند خیال روٗد
تٕمۍ سُنٛد تھزر، تٕمۍ سُند بجر، تٕمۍ سُنٛد جلال روٗد

کمہٕ کم خزانہٕ سوچہِ کمن خانن بٕرِتھ تھٔوِم
بٔنۍ بٔنۍ منہٕ ژھایہِ گٔژھی کراں روزِ زوال روٗد

اسہِ اوس وچھس ییٚتۍ وچھ اٚچھ آسہٕ اٚچھن منٛز
گٔیہِ وأنٛس یتھے کٔنۍ گذر باقۍٕ وِصال روٗد

بُتھۍ پھیوٚر زمانہٕ اوس یوٚد لیکن تسٕنٛد فہم
اسہِ بیہِ تہٕ سمکھُنٛگ وجہ اٚخر بحال روٗد

تٕمۍ سُنٛد جواب اوس مکمل تہٕ مُفصل
میٚہ روٗز تشنہٕ گی تہٕ میٚہ باقۍٕ سوال روٗد

ٹمُ تڑ او کمنڈ و کھتۓ ِکس ژٔ کھرِس تۓ کوٚ رُن قاٚد
موٚت اوس عجب زاتھ سُے پتھ گُن مِثال رٔ د

ٔیمہِ نۏر گاشہِ ٔیرٕ سپدٕ ظلماتھ عالمکٕ
سُے نۏر بآگران دۄہس راتس بلال رٔ د





وٕلو باوو تہٕ شہلاوو پٔنٕنۍ دگ
گھرٕ و اند کُن تہٕ للہٕ ناوو پٔنٕنۍ دگ

چھُ مُمکن آسہِ کانٛہہ لقمان وکھتُک
گھرٕ وتس نِش تمِس باوو پٔنٕنۍ دگ

لگی ینہٕ پے یمن سکہِ للن سرابن
کھٔٹِتھ شِنہٕ مانہِ تل تھاوو پٔنٕنۍ دگ

وٕنو ہے زار سوزو سویے افلاک
نتے مأنو تہٕ دوبہٕ راوو پٔنٕنۍ دگ

دِمو روٕحس تہِ اُسی کینٛہہ ژِھی سکوٕ نکی
وچھس پنہٕ نِس اندر ساوو پٔنٕنۍ دگ

وُچھو أسی سوچِہ اگرن نیرِہ ما کینہہ
کتوٗ۔ بیرو تہٖ ابساوو پِنئیٖ دگ

ؤلو ژھانڈو وُچھو بے بس سیارا
ِنمو أسی توٗری تٔی تراوو پِنئیٖ دگ

کرو ہمتھ دِمو پانے پُپس شُپ
چھُ بہتر پانہٖ وہتہٖ رواوو پِنئیٖ دگ



یُتہِ چھ بروٚنٹھے بوٗنہِ باغن ژٕنۍ گٔمژ
حوٗش کر ووٗش یِتھنہٕ از تراوکھ پٕنٕن

راتھ ہیبتناک موٚچھِ منٛز دوٚہ رٔٹِتھ
گاش ییہِ ہے گاہ اگر ہاوکھ پٕنٕن





آباد دیاں ییتہٕ غُس اکھ پژون شہر اوس
واون تہٕ طوٗفانن کُنۍ زون سپنہٕ سِپر اوس

لُکھ اُسۍ سیٹھا ستۍ لس لیکن سہٕ کُنۍ دژاو
کوٚت گووسہٕ موٚت چھنہٕ کانٛسہِ خبر وقتِ صحراوس

سِکھ اُس واریاہ شُہج نب اوس مہربان
تتھۍ بونہِ سالیس تل خبر کُس گرمہٕ قہر اوس

لس پوشہٕ مُتِس کار کیاہ ما حول مُشکاوُن
پردین اگر تمۍ پوش چھُکۍ تمۍ سند سہٕ بجر اوس

وتھ اُس منزل اوس۔ یِرادن تہِ سیٹھا تہٕ
لیکن اگر بُتھِ اوس بس سُے شیٚپنہٕ شہر اوس

دپہٕ ہس اگر دری یاو پکہِ ہے رُک تہٕ بس رُکہِ ہے
موٚت اوس سٕبٕٹھا ہ تھوٚد سہٕ مگر توتہِ بشر اوس

کہتام آبس پٹھ تھوٗن لیکھِتھ تہٕ پانس دڑاو
دیکھے تہٕ اکھ غیبی قلم دپکھے تہٕ لہر اوس





شیلن تل تھاُوِ پان پنُن
ڈری یاون منز سامان پنُن

ئلہِ راوِ و گردِ غبارس منز
اُنن منز تھاُوِ پان پنُن

بُتراتھ چھ کھؤلتھ اُس دپاں
ونہِ واُسی دپاں ایمان پنُن

یوٗت تامتھ واُتو توٗت تامتھ
بُتراتھ پنٕنی اسمان پنُن

یتھ سبکہِ منز خوٗنکی ناگ وۄزان
کتھ خوٗن کرکھ ارزان پنُن

سہٕ چھُ شیراں ازکل نۆو دُنیاہ
سہٕ چھُ شیراں نۆو انسان پتُن

چشمن منٛز اکھ قنٛدیل کھۄتِھ
ژٕمۍ دوبہٕ روٗن ہیجان پتُن





خاب اوٗسُم تہٕ روٗدُم سہٕ خابن اند ر
اضطراباہ سہٕ چھُم اضطرابن اند ر

رأتی راتس روایت گرن داستان
صبحنس غأب گووزن کتابن اند ر

ئن لوگُس کرتہٕ کرواتہٕ اند داستان
وأنس راواں چھ یمہٕ نے حسابن اندر

کامہٕ دِوھیوٗ چھُ پھوٗلمُت ڈلس ٹوٗ را کھ
اکھ بے چینی چھ لاوبن شبابن اند ر

زندگی آے بخشان آبِ حیات
ورنہ سہٕ تہٕ کیاہ چھُ آباہ چھُ آبن اند ر

اکھ چھُ جنت دواں بیا کھ دوزخ نواں
بس فرق ییٖ چھ گونہن ثوابن اند ر





أچھن اندر چھِ لر ترٛأوِتھ سمندر
کھٔٹِتھ کأتیاہ گوہر تھأوِتھ سمندر

سکوٗلتس منٛز بشارت آسماۍچ
ونے کیاہ کیاہ دِواں ہأوِتھ سمندر

زمانٕکۍ ترٛیشہِ ہٕتۍ وُوٹھ میٹھۍ رأوِتھ
زمیٖنۍ تن چھِ شہلأوِتھ سمندر

عرش تا فرش مأنِو زر زرالتس
دٕپِو پرٛتھ جایہِ بس چھأوِتھ سمندر

چھِ تنبلاواں، چاواں مأرۍ فت گٔلۍ
نواں یک آن برٛمرأوِتھ سمندر

خودا زانان کم کم خاب وناں
تھواں کم رایہِ ابسأوِتھ سمندر

سرابن منز تھواں وہرأژ انڈر
حیاتکی نغمہٕ وتلأوِتھ سمندر

وچھن، روٗحن، خیالن تے جمالن
پکاں دو راتھ مُشکاوِتھ سمندر

نہ چھُکھ کانہہ گوڈ نہ چھُکھ کانہہ انڈ نہ اُنتھےٚ
چھِ کم کم نب چنڈس تھأوِتھ سمندر





آرن تہٕ پلن کوٗل چھِ ٹھاسان پان ہے احسان
وُزملہٕ تہٕ بێیہِ گگرایہِ اویزان ہے احسان

بُترٲژ ڈیکس لیٖوٗکھ یہِ ٲمی یوٗت سزا کرِیوٗٹھ
پاتال سرٕ نان گۆو تھدان اسمان ہے احسان

راوان گۆو پۆد پۆد تہٕ زیٹھان روٗد یہِ صحراو
تاپس چھَ گرٕ نیکھ یخ بستہٕ سکِستان ہے احسان

یتھ پتھرِ اندر ژونگ اے زولتھ تہٕ سوٗنچتھ نا
ہُتھ بالہٕ تھونِکس پٮ۪ٹھ شۆنگِتھ طوٗفان ہے احسان

ہۆمہِ شہرِ چھٔکِتھ ٲس اگر پژھ تہٕ پتو کیٛاہ
یمہِ شہرِ کٔمن کُوٹمن چھَ اویزان ہے احسان

ٲمی کوچہِ پھیۆر کۆرنم دۆپُن پانے ژٕ لبکھ وتھ
دۆپہٕ مس ملکھ ماچھُس بہٕ چھُ انسان ہے احسان





راتھ ہے چھو لکھٕنۍ تہٕ راتھ لکھۍ تو
سانہِ ناوٕ کۍ تہِ کینٛہہ ساتھ لکھۍ تو

أسۍ تہِ صحراوٕنے منٛز چھہٕ پیٛمتۍ
گرٛشمہٕ کرٛاین تہِ وہراتھ لکھۍ تو

پانہٕ ہسے گاش چھاوُن تہِ ہرٛشۍ نو
کینٛہہ تہِ نے چھُو تہٕ اکھ ساتھ لکھۍ تو

موتبر مأنۍ تھُنٛزٕ ے کتاباہ
اتھ اندر سأنۍ حالاتھ لکھۍ تو

واپسے لوٗٹہٕ نیٛومُت وول دیہِ تو
توٗہۍ پنٕنۍ پأٹھۍ خأراتھ لکھۍ تو

خوٗنہٕ ہستن چھُ بُتھ لِوتھ سارِ بن
مأرۍ منٛز توتہِ بُتراتھ لکھۍ تو





کینٛہہ گوناہ کٔری تہٕ کینٛہہ ثواب اَدِی
مأری مٔندی کینٛہہ تہٕ کینٛہہ خراب اَدِی

ستھ سمندر تہٕ بێیہِ ؤنتھ نو نب
ووٚنی ؤنتھ سبکھ مگر سراب اَدِی

خاب دِتی تھٔم تہٕ أچھی مے کٔری تھٔم کٔنز
اوس آمُت تٔمس شباب اَدِی

ماگہِ رأژو کوٚٹھێیشُ بوٚزُم وسہِ تاں
سوٚنتہٕ واون کوٚرُم عذاب اَدِی

آسمانٔک خشم چھُ از بر حق
وارِ پھوٚلی ہتی چھِ کینٛہہ گولاب اَدِی





نبتھٕ نۄن بالا اوس تہٕ ون شاداب لیۆکھُکھ
ہوچھِ مرِژ کولہِ ڈٔری یأو سرابن آب لیۆکھُکھ

چھوکہٕ لد سڑکن آکھ مِٹأوِکھ سینہٕ چھٔلِکھ
میلہٕ پٔچن الہأمی کِتھن ہُنٛد باب لیۆکھُکھ

ہردکی واون گُل گُل زخمی ترٛوو کٔرِتھ
سوٗتٕکی واون کرٛألی ٹُلِتھ کِمخواب لیۆکھُکھ

دوٚپہٕ مکھ غفہٕ چھا نارٕچ ژادر ژاپاں چھُس
دوٚپہٕ ہُم آب ژٔرے ووٚنی أسی لکھِ ہۆوے آب لیۆکھُکھ

اسہِ لیۆکھ روح تتھ تورٕ وجوٗد لِکھِتھ سوزٕکھ
اسہِ بس لیچھو حال پٔژن تتھ خاب لیۆکھُکھ

کتھ تاں کتھِ پٹھ شینہٕ شہر بٔے یہِ اکرِ تھ گیہِ
کہیتامتھ گوو رٔنی آرس گِرداب لیۆکھُکھ





وولہٕ لیکھو کینژہ شار تہٕ بس
لوٚژ راوو أسی بار تہٕ بس

بُتھِ دِمہٕ ہون سہلابن وبتھ
مُچھِ تھوٚ ہون رٔنۍ آر تہٕ بس

غزلاہ نوٚہ انہٕ مانہٕ لیکھو
قلمس دِتھ اظہار تہٕ بس

تاپہٕ گرٛیکو منٛز ژوٚرِ رٔمو
بونہِ پَنٛگ شہجار تہٕ بس

کم کم اسہِ الزام دِتِکھ
تس لیوٚکھکھ بے عار تہٕ بس

بڑ اُنتی گرٛ ھان پرٛ بتھ کاٗنسہِ پچھِ چاٗنۍ
میوٚن پچھُیا انہار تہٕ بس

دارِس أسی کتھ پٹھ کھاٗلِکھ
نمہٕ نس کوٚر انکار تہٕ بس

یٚیمہِ پٕنجہِ ہُنٛد ترِیا گٕگ پے
تتھۍ شکدر شہمار تہٕ بس





دارِ کٕنٛز کھۄت تہٕ آفتاب سپُد
کمٕر مُشکِتھ تھۄوُن گولاب سپُد

چشمہٕ مُژربن تہٕ عالمس پیوٚ گاہ
دہنہٕ کھوٚلُن تہٕ ماہ تاب سپُد

تیوٚت بُتھ دِیُت سمندرو سودرو
کوہِ کافَس تہِ آب آب سپُد

فرشہِ یامتھ قدم براقن ٹُل
عرشہِ سوٗرُے تہِ زن بےتاب سپُد

پوٚشہِ چمنن دوہے گٕرِن پوٚزا
پوٚشہِ گوٚنڈ ہیوٚ، تُسند شباب سپُد

رأتی راتس یَمِٕس عتاب کۆرُکھ
از تہِ ناآزِل تِمِس عذاب سپُد

اوس وُچھمُت مےٚ خابہٕ محلن منٛز
اوس خابٕے توَے تہٕ خاب سپُد





پھاٗلِیایہِ تِتھی گٹہٕ ژٲلی زِ ونے کٲیاہ جہانس منٛز
لبنے یوان چھُنہٕ کینٛہہ تہِ اٲچھن یتھ زمانس منٛز

وُٹھ اٲسۍ لتس خاموش بے شک کوٚر اٲچھو افشا
سُے تیرِ یُس اوسُن تھومُت کھٹٕ کھٹٕ کمانس منٛز

رتھ میٛانہِ جگرُک آسہِ ہن موٚتھمُت یمن اچھرن
تاثیٖر بدلہٕ آسہِ ہے تہنٛدِس بیانس منٛز

کِردار بدل ، بوٗلی بدل ، بٔیِہِ بدل معنی
سورُے وُچھکھ بدلہٕ بدل میٛانٕس فسانس منٛز

شِشٹھ نیمتِس واوس کنن گگرایے گیِہِ سوٗنٛچ
کِنٛیا ہتام لتس باسُن ہیوٚتُن یٔژ کاٗلی پانٕس منٛز

اکھ وأنٛس سپٕز آکھ تامتھ تُٲمۍ مِٹاٲوِتھ تھوۍ
آواز تہٕنز تۄتہٕ گرٛزاں ییتھ مکانٛس منٛز

موٗنُم زِ عطر بیز کتھن ہنٛز چھِ کمی سکھ
پھولۍ متۍ گولابن ہنٛدۍ چمن تہٕندِس دہانٛس منٛز





وَچھک وُشنیر دِیُت مَس زِندٕ تھوُوم
پشس اندر ہچُو طوطاہ بسوُوم

تنُخچ ژادر وٲلتھ بیٚیہِ خرقہٕ شیشکِ
جشم شینُگ پدٕ بن تتِل نار تھوُوم

ہوا تھوُوم مےٚ تہہ خانن اندَر بند
ژٕکھر وقتُک مےٚ حض قاَدی بنوُوم

ہرٕمتی پوش ، ڈٕدی متی باغ تےَ ڈل
وٕنےَ کتھ تُلم ہرٕ ترتہٕ چھوُوم

ظہوٗرِکی جام فرحت وِگنہِ ونہٕ وُن
خیالن منٛز تتھُے دُنیا بسوُوم

اجازت چھُے بناوَکھ کیٛاہ پرٛژھُم تٔمی
مےٚ سکی لِس منٛز پوٚتُل تٔمی سُند بنوُوم





بر تہِ یَلہٕ تڑاو زانہہ وجوٗد لبکھ
چشمہٕ مُژراو زانہہ وجوٗد لبکھ

ناٗر بر منکلہِ وُہہ ناوٗن
کٔنژ تہِ وبگلاو زانہہ وجوٗد لبکھ

تَلہٕ سہ کیٛنہہ کر سے کرُن از قاٗد
کانہہ کیٛسب ہاو زانہہ وجوٗد لبکھ

سکھ چھہِ راٗہژ سکستانن ۂنز
سوے لٔبتھ ہاو زانہہ وجوٗد لبکھ

از تہِ ووٗنی ٹھم مےٚ لا مکانچ کتھ
تَلہٕ سہ اسہِ ہاو زانہہ وجوٗد لبکھ

بیٚیہ تہِ پھری پھری مہٕ اَن سہ پزٲنی کتھ
نوٚو تہِ کیٛنہہ باو زانہہ وجوٗد لبکھ

خامُشی ہنُز زبان اسہِ تہٕ مأنی
وُٹھ تہِ گُمناو زانٛہہ وجوٗد لبکھ

بےخودی ہٕندی سبب مےٚ ہے وُٚنی مے
تلہٕ سہ وہتہٕ راو زانٛہہ وجوٗد لبکھ





طے گرِتھ شام و سحر کتہِ آسہٕ ہا
آسہٕ ہا شاید خبر کتہِ آسہٕ ہا

کم محل تامیر سپکہِ اندر گرِم
واوِ نَے ٹُلہِ ہے بے گھر کتہِ آسہٕ ہا

پۆز اگر نے آسہِ ہم کۆر مُت اثر
آسہٕ ہا منصِف پزر کتہِ آسہٕ ہا

با وفا اَسِتھ تہِ یُوتاہ دۆر چھس
بے وفا نزدیک تر کتہِ آسہٕ ہا

لیس پٹھن تس ژھایہ رُس ہنز اکھ نظر
آسہٕ ہا تیٖتھ ہیُو شجر کتہِ آسہٕ ہا





سمے چھُ نیرن سفر چھُ جأری
یہِ پۆت نہٕ پھیرَن سفر چھُ جأری

خۆدا‌ے زانن سمن گٔرٕکھ گس
کمِس چھِ کیرن سفر چھُ جأری

وۄل مرِ نہٕ کأنٛہہ لا یلاج گامُک
سڑک چھِ شیٛرن سفر چھُ جأری

تمام لاشن گٔرٕکھ ضمانت
زندن چھِ گیرن سفر چھُ جأری

پہاڑٕ آمٕژ یہِ آبہٕ رٕکھ کھنٛڈ
سودر چھِ شیٛرن سفر چھُ جأری

ہہُ اول زائٲلتھ بِہتھ چھُ لوٚب گُن
یہِ اول ییرَن سفر چھُ جأری

کھہَن چھُ داوُگ سَنٛج چھ کھٔرٕ مرٕ
بٹھن تہٕ بیرن سفر چھُ جأری





کولن آرن لیٚو کھٔکھ سُہلاب ناوس
خوشِک تارن لیٚو کھٔکھ سُہلاب ناوس

عجب بازر دُکانن پیٹھ عجب لُکھ
خریدارن لیٚو کھٔکھ سُہلاب ناوس

یہِ کیٚتھ شہرا یتیٚک انصاف بدلے
عزادارن لیٚو کھٔکھ سُہلاب ناوس

سبکستانن اندر جنگل سجاۓوِکھ
نین نارن لیٚو کھٔکھ سُہلاب ناوس

ہرُد تھوۓکھ پیٹھاوُل پزِ بتھ بہارس
سبزوارن لیٚو کھٔکھ سُہلاب ناوس

مۆنگھکھ اسہِ رحمتُک بارانہِ یامتھ
کھوچن ہارن لیٚو کھٔکھ سُہلاب ناوس





سمے چھُ دوَرن چھُ دۄر واتُن
تہٕ بال گورن چھُ دۄر واتُن

لکھِتھ مےٚ سوٗزِن یِژھے عبارت
ژٕ وات فورن چھُ دۄر واتُن

ازٲنی منزِل تہٕ شام ڈۄلمُت
تہٕ ہوٗنی وورن چھُ دۄر واتُن

کوٗلن تہٕ ناگن چھےٚ بے قرٲری
اگرُ چھُ سورن چھُ دۄر واتُن

خبر گوٚمُت کیٛاہ چھُ بونہِ سالیس
مبہٕ تاپھ پورن چھُ دۄر واتُن

بہٕ کوہِ قافس تہِ ژھاٴنڈ دِمہٕ ہس
چھےٚ بستہٕ کھورن چھُ دۄر واتُن





آبہٕ جوین سراب زن کوٗرتھم
سونتہٕ یاوُن خراب زن کوٗرتھم

ہرییہٕ آخر کھنس اندر واتتھ
راژھندی بُزی شباب زن کوٗرتھم

از بہارٕچ سبز جوانی دِتھ
ہردِ کالس عذاب زن کوٗرتھم

لوگ تھن زن وُریہٕ کامن گُن
ضایع شدتگ گولاب زن کوٗرتھم

رستہٕ گاری دِژتھ ازیٚک مشرتھ
کالہٕ کوِ زانہہ حساب زن کوٗرتھم

ڈولہٕ ناوِتھ ووجارٕ باغن منز
شولہٕ ناوِتھ عتاب زن کوٗرتھم





لولہٕ تٲمۍ کٔر اکھ نظر لیٚوکھُم غزل
کٔر تٲمۍ ارزاں بحر لیٚوکھُم غزل

خاَر کوٚر محلو تہٕ پیرٛہن روٗد یاد
تاپہٕ زٕژ ترٛاوِکھ نبر لیٚوکھُم غزل

راَژ کیٛاہ تٲمۍ ہیٚژ حکومت شہر و گام
ئلۍ وُچھُم بے بس سحر لیٚوکھُم غزل

گاشہِ لٲیہِ ہُنٛد اسہِ تہِ از دیدار کوٚر
از سپدۍ أسۍ بہرور لیٚوکھُم غزل

یاد پیٚیہِ ماگس اندر یانٛچ پھُلے
یاد پیوٚ سونٛتُک مژر ، لیٚوکھُم غزل

یاد پیٚیہِ گاٹج سو وتھ یُژ کاٗلی از
یاد پیوٚ گامُک سفر لیٚوکھُم غزل





راتھ پُرٛژھ نم بہار روٗوے ما
سوٚنتھ سور بے قرار روٗوے ما

ہرِد واون خوشِک کٔرِے ما ژَم
کوٚٹھۍ شہِ لد ہے امار روٗوے ما

غزلہِ منٛز مالیوٚ کھُتھ سُہ راتُک خاب
لفظ سوٚنبرِتھ تہٕ شمار روٗوے ما

زٲلۍ سکہِ دِتھ ژٔلِ ژٕے ماہنِدٕ ونٛد
ہتھ لوٚبُتھ ہے ہزار روٗوے ما

گامہٕ پیٚنٛجہِ پٹھ سو راتھ دوہہ مُٲستی
گام اتھٕ گوے شہار روٗوے ما

ڈوٗٹھ چانِن امارٕنے ما پیٚیو
لولہٕ باغٕس بہار روٗوے ما





اکھ کتھاہ ژٕ نیرِ ییتھ کانٛہہ ترِ تہٕ ون
کانٛہہ وتھا ژٕ آسہِ ییس بہتر تہٕ وَن

پھیرِ ییُتھ وُشنِیار شیناہ ژٕ او ییتھٕ
راتھ کانٛہہ ییتھ آسہِ کم زٕچھر تہٕ ون

کانٛہہ تہٕ سکھ ییس خابہٕ محلن منٛز دربم
کانٛہہ تہٕ نب ییُس روزِ ہم برسرتہٕ ون

گاش ہُند ریوٕ دوہ سوٚتھوٕ کوٚڑ رآژ کاڑ
شین وولیوٕمُت چھُ کانٛہہ خاور تہٕ وَن

خوٗنہٕ بتھن ییُمر زنگھتھ پرٕوآر تھاوٚ
ازتھوٚمُت چھُکھ تاج ییُس برسرتہٕ وَن





کھُر چھُ آمُت وتن تہٕ گٔری زبس کیٛاہ
زبو چھِ کھوژان کتھن تہٕ گٔری زبس کیٛاہ

از تہٕ آمُت بہار پڑانِ پاٹھی
نار ہےَ لوٗگ چھتن تہٕ گٔری زبس کیٛاہ

لاشہٕ ڈولن تہٕ قبرٕ تنگ سپدن
آورِنی ہےَ تتَن تہٕ گٔری زبس کیٛاہ

زن چھِ کھوژان ڈبٹھاک جن ساین
آدمے ہےَ متن تہٕ گٔری زبس کیٛاہ

رخت بدلُن وُٹھن کوٗرُن گُمجار
مانژٕ بوے چھُس اتھن تہٕ گٔری زبس کیٛاہ





شہر شہر دپھ نار
پہر پہر دپھ نار
اچھر اچھر دپھ نار
بحر بحر دپھ نار

ئرِتھ چھِ موۂکی سۂز
ژۄپاٗری ۄہرِتھ کرٛژز
گلی گلی شمشان
قبر قبر دپھ نار

دۄپُن متیاہ مو روش
وتن بہِ لاگے پوش
پھوٚلِتھ چھِ آٔہتی ڈل
شجر شجر دپھ نار

سراب زیٹھان گۓ
وُریبہِ مُنزِل پےؔ
خضر چھِ ژھانڈان وتھ
سفر سفر دپھ نار

طُفان کاۓتیاہ آے
بُنلی تہِ کاۓتیاہ وڑاے
سمندرو کئڈ ژھٹھ
لہر لہر دپھ نار

دۆپُن اگر ژھارکھ
اگر مےٚ زانہہ گارکھ
وچھس تلے لبہٕ ہم
سبزر پزر دپھ نار

یہِ راتھ کاژاہ گوٚب
بہتھ چھُ گاشی لوٚب
دپان باۓنگس سان
سحر سحر دپھ نار





وتن چانبن شٹھیؤمُت واو تڑ اوے
ہریؤمُت باغ ہؤ کھمُت سونتھ ہاوَے

بہٕ ہاوے تڑیشہِ ہتی آگر ژیمتی
کوٗلن ہنز بے قرارٕی نالٕی تڑ اوے

وَچھس اندر سیاہ راژن چھُ کیاہ کیاہ
ٹھئہر ساتھاہ تمچ تفصیل باوَے

ڈلن وتھ تاپہٕ لس ہے سانٕی کنٕی زانہہ
گلن نچن مُرن ژم آمہٕ تاوے

شُکر بٔنِہ نس چھِ کینہہ کوتر سلامت
اگر ہے یکھ تہٕ وُنہِ کینہہ کتجہِ ہاوے

خبر چھا آسہٕ ما خواجے خضر زانہہ
خبر چھا کاڈٕ ما کانہہ وتھ تہٕ ہاوے





بُتھی پھیوٗرُ چھُ آسمان
صبرس چھُ امتحان
بُتراتھ زن نٹان
صبرس چھُ امتحان

پاتال زن سرٛنبے
اسمان تبے تھدٔ ے
سمیس چھُ زُو کھسان
صبرس چھُ امتحان

رآہرش چھِ نوش لب
رووُمُت ملک عجب
از کوہِ قاف سان
صبرس چھُ امتحان

میخانہٕ از چھُ خالی
ساقٕے چھُ لا وُبالی
پیمانہٕ چھُ کرٛیشان
صبرس چھُ امتحان

جاأری چھےٚ ناگہٕ جوے
چشمن نظر سوتَے
کستام وٕنی دِوان
صبرس چھُ امتحان

سروٕس تہٕ روے ڈوٗل
دِوار زن تہٕ گوٚل
ویرٛن تہٕ ڈٕجر پچھان
صبرس چھُ امتحان

فرہاد سکھ چھُ گیر
لتس راُو جوے شیر
شیریٖنہٕ نِش انان
صبرس چھُ امتحان





ژُو جان پٔژن کنہِ شہرس منٛز
ایمان پٔژن کنہِ شہرس منٛز

ووتھ شیشہِ پلو لاگو تہٕ وُچھو
أسی پان پٔژن کنہِ شہرس منٛز

ڈ ری یاوی ژھٹو آبس پیٹھ لیؤکھ
طوٗفان پٔژن کنہِ شہرس منٛز

بے جان کنٛنن پیٹھ کھوٚن أکی مُتی
وجدان پٔژن کنہِ شہرس منٛز

اکھ خابہٕ محل وأتلتھ شوٗرُم
شمشان پٔژن کنہِ شہرس منٛز

جاپان ولایت رُوم عرب
ایران پئُن کنہِ شہرس منز

تارکھ تَے زُون تہٕ کنہِ ہُنٛد نب
تابان پئُن کنہِ شہرس منز





أنؠ واوِ طوٗفانو تہٕ بیک آن سکھٕے سکھ
پرٛ بتھ طرفہٕ شہرس منٛز چھِ بس پھاۂلان سکھٕے سکھ

ینہٕ ناگہٕ جوین أس ہوٚکھی ڈٕ دی ترٛیشہ ہٲتی ڈٕری یاو
تنہٕ شہرٕ کوٕ نلکو اندر نیران سکھٕے سکھ

بوٚمبرس چھِ گاٚمٕژ ژٕنؠ تہٕ لفظ بُلبلس راۂمتی
باغن تہٕ ڈوربن منٛز چھِ ووٕنؠ ووٕ پدان سکھٕے سکھ

سوٗزِس مے کٔنزٕل وِل تہٕ شِہلی گُلی تہٕ خطس منٛز
از تورٕ جواباً سُہ چھُم سوزان سکھٕے سکھ

کُنہِ ساتہٕ کران کتھ تہٕ گولابن چھُ مشکاوان
کُنہِ ساتہٕ أچھو کنٛز چھَ تس پشپان سکھٕے سکھ





از چھِ لیکھنٕی مےٚ شار خاموشی
از چھُ قلمس تہٕ چار خاموشی

از میٚہ ہیوٚن چھُم حِساب طوٗ فانن
از چھُ واوِ ے فرار خاموشی

زن چھُ آمُت ہوٚ کھِس پنٕس یاوُ ن
زن چھُ آمُت بہار خاموشی

از چھ باغس گُمٕژ ونن بھایا
از چھُ بُلبُل بمار خاموشی





یمن خاموش قبرن پٹھ بہٕ نارٕ ے نار لیکھان چھُس
پشن سڑکن دیوارن پٹھ نٔوی اسرار لیکھان چھُس

مےٚ تتھ شہرس اندر وُچھی گلی تہٕ زٔری بیّیہِ أنی بسان سأری
تؤ ے تمہِ شہرٕ چھِن ڈیڈبن موہللی اشعار لیکھاں چھُس

خبر کیٛاہ چھُم مےٚ گۆمُت سونچہٕ ہے یا چھُس بہٕ ماڈوٗلمُت
بہٕ کاون چھُس لیکھان کوتر گولابن خار لیکھان چھُس

ٹۆ پِتھ تھاوِن خلق سأری تہٕ پتہٕ تریاق منگہٕ نوٗن
اوَ ے لتس وقتہٕ کِس حاتم طٔیس شہمار لیکھان چھُس

مےٚ ارزان خوٗن جگرُک کۆر تہٕ لتس سوٗزُم خطن اندر
سُہ مانان تتھ چھُ پاگل پن بہٕ تتھ اظہار لیکھان چھُس





وأنسہِ وادن کٲنن مژر از مود
اوس خود ہے مگر بشر از مُود

راتھ ژأپن تہٕ دوہ روٗٹن موچھِ منز
أکی شہن دیٚت برِتھ پتھر از مُود

أسی ییتھ منز بسان حاتم طے
فاقہٕ ہوٚت سُے جواں شہر از مُود

راتھ تامتھ کراں کرامژ اوس
روٗزِ ما تس مٔتِس خبر از مُود

پان ژھارن وُچھُم کِتابن منز
فِکرِ یامتھ ترِس اچھر از مُود

اوس دعوا کراں خودائی ہنز
زیرِ یامتھ گرٕن زبر از مُود





راتھ اوسک ءِکنان ژٕ خواب تہٕ مے
از ءِکنان پھُکھ سبکلی سراب تہٕ مے

بوکھچہٕ دِیُت تھَم برہتھ یادَن ہُند
وأنسہٕ وادن تھوُتھ عذاب تہٕ مے

ہرِدٕ واوَن مے ژَم خوشِک کُرنم
سوٗنتہٕ واوَن ہا کوٗر عِتاب تہٕ مے

کھ کُشِس منزٕ امار کأتیاہ گلی
شینہٕ شہرُک پھُ دِیُن حساب تہٕ مے

زہر دِیُت تھَم ژٕ بے وفائی ہُند
پنہٕ نہٕ موتُک پھُ دِیُن جواب تہٕ مے





خاب ارمان تہٕ اضطراب سپدی
آب تس کُن وُچھان شباب سپدی

یام لبہِ پٹھ لِکھِم پنٕنی اوحال
کینٛہہ سپدی گنڈی تہٕ کینٛہہ گولاب سپدی

راتھ انہِ گوٚٹ بوٚرُکھ یمن ہلمن
از تہِ نازِل تمن عذاب سپدی

سانہِ شہرٕکی امام زاہِد ڈٕلی
کھرکہِ لاگِکھ تہٕ بس خراب سپدی





لیکھ لیوٚ کھمُت اچھر اچھر سپدٕ
روو منزِل سفر سفر سپدٕ

لیکھ زیٚچھن وتن چھُ اند لوٚگمُت
لیکھ کوچن گلشن سحر سپدٕ

لیکھ اسمانہٕ کِس خودالیس لکھ
وونی تہٕ بخشُم شہر شہر سپدٕ

توتہٕ وندس چھَ تیمہ سیٹھاہ یوٚ دوَے
شینہٕ شہرُک پہر پہر سپدٕ





راتھ دِتی نم بلایہِ خاب یہِ کیاہ
از مےٗ دِتی نم سمکِلِی سراب یہِ کیاہ

یورٕ سۄزِس مےٗ ئلی اچھر کھٔڑ کھٔڑ
تورٕ سۄزن چھپِتھ کِتاب یہِ کیاہ

سوٗنتھ دِیُت نم زرد پنِس لِکھی لِکھی
شینہٕ مائین وٕلِتھ شباب یہِ کیاہ

زہر پیالا مےٗ چوٗ تہٕ ترٛاوم لر
دُشمنو دوٗپ چھُ چیتھ شراب یہِ کیاہ

چانہِ شہرک کوٗٹھشی تہِ وُشی نیوٗمُت
میانٛی اۄدر چھُ یکھ تہٕ آب یہِ کیاہ

دُشمنن منٛز دپن چھُ اطہر جان
دوستن منٛز دپن خراب یہِ کیاہ





از آرِ پلن اکھ نووُے آکار دِوان چھُس
بے حِس کنِن سود بود تہٕ بیٚیہِ اظہار دِوان چھُس

یتھ بونہِ پنِس لچھی مےٚ دِلچ کتھ تہٕ پھُرم زیو
شہرس یہےَ افواہ زِ بونِن نار دِوان چھُس

وُشلان پِشُل بُتھ تہٕ تتان کنگ تُمس سینگ
تس پوشہِ مُتس ییٚلہِ وچھُکھ وُشنِیار دِوان چھُس

تس کیٚاہ سُہ گولابن چھُ تُلان وِیوٚر ژوآپاری
چھُم کیٚاہ بہٕ تس کیٚنہہ ووٚش تہٕ اَشچ دآر دِوان چھُس





ظلمت چھِ ژواپور وٲلتھ نال مسا کھوژ
مہتابٕ وتن ژاٲنگی چھِ پامال مسا کھوژ

بُتراتھ سبز تنگ تہٕ وٲستھ آو نبے زن
لیۄکھ میلہٕ پٔچن پیٹھ مےٚ پنُن حال مسا کھوژ

تمہِ آیہ ووُنُن زن تہِ اجابت سبز منگہٕ نس
دوِزاٲلی روٗحس اندرٕ چھے پاتال مسا کھوژ

ہلمن چھُ برٕتھ نار خیالن چھِ تنٛگل لاری
قلمن چھَ ژٕٹھ زبو تہٕ خوشک تال مسا کھوژ

خط زاٲلی اگر تُمی تہٕ خطا وار ونو کس
لفظن تہِ اگر آسہِ ووں اشکال مسا کھوژ





صبح سپدِو تہٕ اضطراب سپُد
شام سپدِو تہٕ اکھ عذاب سپُد

ہردِ کالس انٛدر کٕنن زردی
سوٚنتہٕ کالس انٛدر گوٚلاب سپُد

گاہ سُہ سپدِو صنم تہٕ کٲر پوٗزا
گاہ سُہ زنجیٖر گاہ قوٚلاب سپُد

گاہ چھُ سکھِ لِس انٛدر سرابا ہیوٗ
گاہ سُہ رحمت بنِو تہٕ آب سپُد

پوٚش برٕ ہے سپدی تہٕ ون کتھٕ کٔرٕ
یٔلی تہِ پرٛژھُمس تہٕ لا جواب سپُد

دشمنن منٛز دوٚپُن زِ دم پھٹِ چھس
دوستن منٛز دوٚپُن عذاب سپُد





وارِ پھۆلۍ متۍ گولاب داہ در داہ
لس تہٕ آمُت شباب داہ در داہ

میٲنہٕ خانٛچ وُجارِگی چھا ئو
دون أچھن منٛز چھِ خاب داہ در داہ

ترٛیش کاٮ۪نٛز محال سکہِ منٛز چھا
ترٛیش چاوَن سراب داہ در داہ

یوٚرٕ وۄنمس سوال تشنے چھُم
توٚرٕ دۄ ینم جواب داہ در داہ

لیکھ کأتیاہ گوناہ وۄں لیکھٕنۍ چھِی
اسہِ چھِ زیٛنتھ ثواب داہ در داہ





کُمی سُند چھُ خطا کُس چھُ خطا وار کرو کتھ
معصوم چھُ کُس ، کُس چھُ سزا وار کرو کتھ

گٹہٕ ژٕلی چھِ وٕلتھ نال سبٕھاہ ووکھٕ ژواپاٗری
باسان چھِ اگر نوٗرٕ کیٚ آثار کرو کتھ

قلمن چھِ ژٕٹتھ زبوٚ تہٕ زٕمتیٚ یوٚد چھِ خیالات
بے ربط گُفتارس بنٕبس ہے شمار کرو کتھ

داریو سہٕ ہلم از چھُ اویزان نبُک نب
یِلی ترٚ آگی زمینس تہٕ ووں سبزار کرو کتھ

نٔوی نغمہٕ کنن گُرٕھی مےٚ گرٕھنیٚ دارِ دمن پیٹھ
قُمرن تہٕ جلن میلہٕ یوٚد اظہار کرو کتھ





کتھن چانہن قندُک مُد رِیاہ کٔمی دِیُت
وتن چانہن وچھک وُشی نِیار کٔمی دِیُت

گولابو سٕنٛجہِ پوشو سۭتۍ پرِتھ
سو گاژ وتھ دزان تتھ نار کٔمی دِیُت

گولاب ہۆکھی تہٕ پُدنس روو مُشکے
وتن وارِن دتُر یکبار کٔمی دِیُت

ژٕ چھُکھ مانان اسہِ پیٹھ ذٕ یے چھُ ساگر
بہ چھُس سوٗنچان ہۆکھُمت آرٕ کٔمی دِیُت

دیوارٕ یے چھِم مے یگلان اٰنہٕ خانکی
وومیذن ہُنٛد کھُٹشی تہ دار کٔمی دِیُت

کھنڈر ووپداٰوی یتھ شہرن اندر میے
مگر موتس سبٹھاہ موکجار گمٕژ دِیُت

وندس ہے مون ششِرن تیرِ زاٰلِن
مگر تاپس تہِ یتھ شِشٕھ نیار گمٕژ دِیُت





کُنہِ زِہِو ہُنٛد تُلہِ ترٛاو تہِ چھُس
کُنہِ اچھرن ہُنٛد کرٛاو تہِ چھُس

کُنہِ وُزمل کُنہِ گگرایا
کُنہِ زن نارِ الاو تہِ چھُس

أتیٚ نوٗرچ ژادر ہیوٗ
أتیٚ زن نِہہ درٛاو تہِ چھُس

مانزِ بولیس کُن سنہِ نُے کیٛاہ
ازلے آدم کھاو تہِ چھُس

کُنہِ زن ٹھہریوٗمُت وکھ چھُس
کُنہِ زن یأگی واو تہِ چھُس

خاموشی ہُنٛد خرقہٕ وُلتھ
سمیک گاٹُل کاو تہٕ چھُس

ربہٕ منٛز ربہٕ ہُنٛد اکھ آکار
میٚژِ منٛز میٚژِ ہُنٛد باو تہٕ چھُس

زن تہٕ لُراہ اسمانس تام
اکھ پہراہ بے باو تہٕ چھُس





ژٕے رٕوِ ستی خاب بے معنی بے مطلب
حیاتُک باب بے معنی بے مطلب

تصور زندگی ہُند ئلہٕ چھُ باسان
ژٕے رٕوس احباب بے معنی بے مطلب

تِمن زخمن یِمن ناسوٗر سپدان
کرٕنی سدِ باب بے معنی بے مطلب

ژٕ ییلہِ چھُکھ تیٚلہِ چھِ باغس شوٗب باسان
نتہٕ شاداب بے معنی بے مطلب

کِتابن ہٕنٛدی ورق طوٗفانہٕ بُزی گیہِ
اچھر غرقاب بے معنی بے مطلب





کتھ کتھ کتھِ انکار کرکھ
کتھ کتھ کتھِ اقرار کرکھ

وٕہکی قلہٕ پیٚیہٕ اکہِ اکہِ ؤسی
کائتیاہ دِل مِسمار کرکھ

راتھ مےٚ دِتی ٹھم خاب تہٕ پڑھ
از کائتیاہ یلغار کرکھ

دۄپہٕ ٹھم سکہِ ہِنٛدی خاب ژٕ وون
سکہِ منٛز کیاہ اظہار کرکھ

وُنی دپہٕ ہم بس چونٔے چھُس
وعدٕ ژٕہ وُنی بسیار کرکھ

اخبارن اندر چھاپِتھ
ضایہِ بشیرٕنی شار کرکھ





مُشکٕنۍ اِدٕفر پھاَلاوان
تازٕ ہوا پۆک اللہ ہُو
شۍ شۍ کرٕوُن مُشکاوان
تازٕ ہوا پۆک اللہ ہُو

صُبحے وارٕہن ، ڈورٕہن ژاو
مُشکلچ ژادر شیٖرتھ دژاو
طوطہٕ قُمری چھِس وناوان
تازٕ ہوا پۆک اللہ ہُو

آبِ حیاتُک پیٚالا ہیتھ
عِرفانٕک اکھ ساگر چیتھ
خواجہِ خضر پتہٕ پتہٕ پھیران
تازٕ ہوا پۆک اللہ ہُو

سوچن ہٕنٛدی کنٛواس بران
خابن ہٕندی آکار گران
زُو زہتہٕ تصویرن بخشاں
تازٕ ہوا پۆک اللہ ہُو

وٕتھی سپد بے درواز ژوپأری
تھنہٕ زن پہٕ نوو گاش ییپأری
دارٕن لۆت لۆت أله راوان
تازٕ ہوا پۆک اللہ ہُو





گرٕ چھُم واتُن شام چھُ سپدن وول توَے
پزٕ بتھ کانٛہہ جاناوار چھُ ژھانڈن اول توَے

دوہ گوٚو نیرِتھ یتھٕ کُنٕز پتٕہ ہے روز نٕہ کینٛہہ
وقتُک ژٕکھرٕے لاَنٛز چھُ ٹھُرمُت گول توَے

صبحس شام سپُد ووٚنٛز شامسٕ راتھ پتےَ
یٚیلہِ تہِ مےٚ کینٛہہ تس سمہٕ یُک وٚنٛن ٹمٕ ٹول توَے

زیوٚٹھ سفر واَناکھ یہِ وتھ یٚیہٕ گُزرُک ڈر
پھٹہٕ ہرٕ ناو اَتھس منٛز ژھوٚر کشہٕ کول توَے

دوپہٕ نم مانتھ سکہِ پیٹھ کر تاٴمیر محل
واوٕ طوٗفانن منٛز مےٚ تہِ ژوٗنٛگا زول توَے





اکھ قلماہ گوٚو اڈلیوٚک اڈ کھوٚ پتھ کیٛاہ گوٚو
اکھ اچھرا اَسمانہٕ وٕستھ پوٚ پتھ کیٛاہ گوٚو

ژس گوٚو شہرس ماجوٚ شُری کھٕڑٕ پوٗژن تل
ہلمس ہلمَس نارٕ تیوٚنگل پوٚ پتھ کیٛاہ گوٚو

دالوٕ سِکہٕ ہبتھ طوطہٕ ہچوٚ وٕتھی مُتی بازر
دارِ دمن پٹھ ہارہو گِیٖش کھوٚ پتھ کیٛاہ گوٚو

راتھے ہےَ یتھ شایہِ بساں اکھ شہراہ اوس
راتھے گُس تاں پےَ ہبتھ آیوو پتھ کیٛاہ گوٚو

قبرن پیرہن گرٛند کرٕ کرٕ تھوٚک ترٛووٗن ڈاپھ
کرٛنز ٕکنٕ از زن تہِ سہ وولوٚ پتھ کیٛاہ گوٚو





وون طوٗفان تہٕ تاپہِ کرٛایہِ لگے
کھال سکہِ منٛز سکِلٕی کلایہِ لگے

راتھ وٗجی نم سرآلِ خابن منٛز
گاش دوٗپنم دِمے بلایہِ لگے

آنٛپہِ ژاپھن تہٕ وتھ نِین ننٛگلِتھ
کھیٛون منٛزِل تہٕ ژوٗل بےٚ وایہِ لگے

دارِ بر وٗتھی مگر شہر خاںٛلی
شرٛاپہٕ لرزن ژھرےٚ سرایہِ لگے





یتھ شہرس تنہِ لۆگمُت نار
پرٛ بتھ اندٕ وۆتھمُت دُہی گٹہٕ کار

میوٚن شہر للہٕ ناوان دَگ
چون شہر سُہ تہٕ چھا بیمار

ییٚتہِ نی گانٹو پکھِ تلہٕ پۆتی
آلبن منٛز گھُتی کرنٛز انبار

تارِ اپأرِم سورُے شانٛت
تارِ یپأرِم سمہٕ سوتہٕ رِیار

پرٛ بتھ دیوارس پیٹھ لیکھتھ
دم پھُٹ نغمہٕ تہٕ کلی اشعار





جنت نار و نار یہِ کٔیاہ
پڑٕتھ انٛدٕ دُٕلی گٹہٕ کار یہِ کٔیاہ

کانٛہہ ژٕول کانٛہہ گوٚل کانٛژھاہ شوٚنگ
کانٛہہ گوٚو پیٚر و پار یہِ کٔیاہ

بالہٕ بٕٹھن تیٚشتالہن پیٹھ
زاگہِ بہِتھ شہمار یہِ کٔیاہ

اکھ اکھ انٛگ چھکرٲوِتھ چھُم
اکھ اکھ شاہ بیمار یہِ کٔیاہ

راتھ یہِ سوٗرے ژٕژہِ رِتھ اوس
از اَنٛجی خوٗنس دار یہِ کٔیاہ





راتھ وُچھ یٚمہِ رأ ژہنٛدی طوٗفان وُچھ
موت وُچھ بے بس گوٚمُت انسان وُچھ

أزِ اے اکہِ وقتہٕ یکجا کاینات
از گٔمتۍ بُترأژ بیوٚن تان وُچھ

باغ ، گُلہٕ کٔٹہٕ ، پوشِ تنہأیی ژھٹان
پرٛ تھ پٔدس پیٹھ موتہٕ کٕے سامان وُچھ

أسۍ ییٚتہِ زخمی تہٕ ژٕدۍ متۍ روح بلان
از چھِ تتہِ بس زأٹھی قبرستان وُچھ

ناتواں ہوٚ کھمُت سُہ گُل ڈولمُت چھُ از
زاگہِ ہوٚت بالس پیٹھن طوٗفان وُچھ





ژٔمی پنہٕ نہٕ لولُکھ جوش اگر ہوو کرو کیٲہ
شہرس اندر یوٚ دِ ژٔمی تہٕ شوشاہ تڑ وو کرو کیٲہ

دِلہٕ چیو کِتا بو منز بہٕ کوٚ ڈُس ژٔمی خبر کیٲہ زون
مانُو زِ اگر روؤمت بنیہٕ روو کرو کیٲہ

ژٔمی لول اے نیلام کوٚر پردٕ بن اندر پتھ کیٲہ
وفہک اگر اے ناو ژٔمی مندٕ چھوو کرو کیٲہ

زُلفن اندر اپے قاۄ دُرتھ تھوو ژٔمی سمسار
عیسیٰ اویزان ژٔمی تہٕ کوٚتس تڑ وو کرو کیٲہ

ڈٕوٕ پہٕ نم برٕی کُس لول چھے ازلے ژنے ڈبکس ور
ژٔمی زندگی ہُند اکھ پزر اے بوو کرو کیٲہ

ییتھ مرگہِ اندر ژونگ زاٗلِتھ تھوویٚمٕ راتھے
از پانہٕ تمٕ شخصن اگر ژھوٚ روو کرو کیٛاہ

دِتٕ نم مےٚ مژھلی خاب سبز باغ تٔمی کاٗتیاہ
اکھ خاب خابن منٛز اگر اے روو کرو کیٛاہ

ہرٕدِ چ یہِ زردی باگہِ اگر آیہِ اسی ٹھیک
سوٗنتُک ہوا پرٕدوٚ اگر اے چھوو کرو کیٛاہ





واو ہالہن منز چھُ رومُت آفتاب
زُون تارکھ نب چھِ ساری زیرِ آب

توٚہیٚ کورٕنم اچھرٕ مالن ژٔکھرٕ پھرٕ
بازرس منز ترٛاوٕنم خالی کتاب

اکھ گراہ نوٚن درٛاو سریس پھیوٚ ررنگ
اکھ ژِیُہا ووتھ باغ مشکاوِن گولاب

کیٚاہ پتاہ ہوتھ دارِ اندر آسہِ کیٚاہ
کیٚاہ خبر درواز اوُکن کیٚاہ جناب

یاں تہِ زوُلن تاپہ کرنس ژٕنی تہٕ یا
رحمتُک بارانہٕ ترٛوُن بے حِساب

یاں تہِ چھُس شاید بہ اکھ راتُک سوال
یاں تہِ چھُس شاید بہ اکھ پگاہُک جواب





مےٚ دۆپ خدا گُس ژٕ یاد پیٚو ہَم
مےٚ دۆپ صدا گُس ژٕ یاد پیٚو ہَم

مےٚ دۆپ یہِ دُنیا چھُ بے کسی اَکھ
مےٚ دۆپ ہِدا گُس ژٕ یاد پیٚو ہَم

سکیُوٗل چھُ سورُے تتان شولانِ
سِرِہُل ہوا گُس ژٕ یاد پیٚو ہَم

سزا مےٚ مونم گوناہ تہِ وٕنی تو
مےٚ پٕٹھ خفا گُس ژٕ یاد پیٚو ہَم

دِلس چھُ اکھ لا یلاج دوداہ
مگر شِفا گُس ژٕ یاد پیٚو ہَم

نہٕ بُسرِ نارے نہِ دُوٗہہ نہَ سُورِے
دٕ ژِتھ دوا گُس ژٕ یاد پیٚو ہَم





مےٚ گاشس منٛز بسأوٕم راتھ راتھےٚ
تمِس ہأوٕم تہٕ بأوٕم راتھ راتھےٚ

کنِمن انٛدر تھوٕم بُرٕ بُرٕ مےٚ آزر
تہٕ کعبس منٛز سجأوم راتھ راتھےٚ

مےٚ وول انہٕ گٹہٕ انٛدر گاشُک تصوٗر
ڈٕبکس تتھ لیکھہٕ نأوٕم راتھ راتھےٚ

گواہ زٕ رٕ تھأوٕمس قولس قرارس
کلمن اتھِ بولہٕ نأوٕم راتھ راتھےٚ

شہر ڈُوریوٕ گاچھ ستھ تہٕ سورےٚ
منٛزس پانے مےٚ تھأوٕم راتھ راتھےٚ





ہےٚ مالیٖا چھُیہِ نیٖرُن نبر
پتہٕ دوہ لوسی پتہٕ گژھِ ژیر

کم کم رنگ بدلاوِ سمے
کُس کھسہِ الَمن کُس گژھِ ڈھیر

گٹہٕ راٰژو أنی پسرٕ تہِ موٗن
گاشس کیٖاہ گوٚو أمی أنی زیر

سکھ استانن کٔر پۆزا
اسہِ گھٔتی أندی پکی سکہِ ۂندی ڈھیر

اچھرن میٖانین دِتہٕ سیٖری
غزلاہ لیٖکتھ گژھہٕ ہا سیر

تل پاتالن کوٚت واتکھ
کتھ اسمانس لاگکھ ہیر





لوکچاڑک تس جوش تہِ اوس
سروِ قدُک تس بوش تہِ اوس

مُشکِ عنبر ژھٹؠ کریرہ زنڈو
تھنہٕ پیوٚمُت اکھ پوٚش تہِ اوس

اسہِ ووُچھ سونتے ہردُک رنگ
وندہ راٗژن ہُند روش تہِ اوس

شہر و گام بساٗوِتھ گوو
پانے خانہٕ بدوش تہِ اوس

گُنہِ گُنہِ انہِ گوٚٹ اوس ہنان
گُنہِ گُنہِ لعل فروش تہِ اوس





از تہٕ سُہ مےٚ سمجھاوان رٕوٗد
از تہٕ سُہ مےٚ پرکھاوان رٕوٗد

از تہٕ وٕنٛز سوے پڑأنِ کتھ
از تہٕ وفا تھکہٕ ناوان رٕوٗد

باوس کتھٕ کٔنٛز أندرِم حال
پنہٕ نِ کتھ وڈھناوان رٕوٗد

تس أس کہتامتھ باٛپر
تمہٕ کٔنٛز جلدی ہاوان رٕوٗد

یاد تٔمِس ما رٕوٗد کہٕنٛی
سوٗرے زن مٔشراوان رٕوٗد

یاد پےٚ یس ییلہٕ لوٚلکی ژٕہٕ
تبلہٕ اطہر پچھتاوان رٕوٗد





یۄلہِ تہِ پوٚک زانہہ رٕکیٖت ہوادوپہم مرکھ
یۄلہِ تہِ زانہہ مُشکوِ فِضا دوپہم مرکھ

میوٚن خاںٔلی کرٕنۍ تہٕ ییٚہِ مفروٗر روح
یۄلہِ تہِ تم سمکھےٚ یہِ زانہہ دوپہم مرکھ

شال تھُکِ ٹُنگِ ٹُنگِ تہٕ ہونیو ہیوٚت وُنگُن
راتہٕ موگلو دِیُت صدا دوپہم مرکھ

خابہٕ محلن منٛز بساوِم حاںٔرۍ شاتھ
حاںٔرۍ شاتن منٛز خودا دوپہم مرکھ

مندرن اندر شنٛکو یۄلہ اوم پوٚر
یۄلہِ تہِ بانٛگوِ پوٚر اللہ دوپہم مرکھ





لولُک نوّو انہار تہٕ ژے
میٲنہِ فنگ اظہار تہِ ژے

طوٗفانن منز وتہٕ ہاوُک
انہِ گٹہِ گاشہِ مُنار تہِ ژے

نیہِ نیربن ہُنز پوشہِ فضا
سکہِ منز سکہِ انبار تہِ ژے

ژے چھکھ دوست تہٕ ژے دلدار
دُشمن کرتلہِ دار تہِ ژے

چانہِن وصفن کُس کرِ گرٛند
معنہِ تہِ ژے اشعار تہِ ژے





یاد پھَے ما کاٹلی تہ پتہ اِڑ باٹلی ودکھ
زخمن ووتھنَے کڑالی تہ پتہ اِڑ باٹلی ودکھ

نال ولی زردی یےؔلہِ بُجرس مئز ہرڈِچ
پتھ بڑونہہ آسی خاٹلی تہ پتہ اِڑ باٹلی ودکھ

وِیُور تُلی کانہہ بوٗمُبر تراوی پوٗر ژٕہتھ
گُنزِ کی جامہٕ ژےؔ ناٹلی تہ پتہ اِڑ باٹلی ودکھ

دارِ دمس گُن روزکھ وآنسن لوٗکھ وُچھان
سینہٕ گژھی پرِ گاٹلی تہ پتہ اِڑ باٹلی ودکھ

ہرنہٕ اُچھن ہٕندی ناگے اوش ہاران سوٗ تہٕ نَے
پامہٕ دِنے بنگاٹلی تہ پتہ اِڑ باٹلی ودکھ

سکہِ مئز تنہاؔیی ہٕندی خاب بشیرنؔ تھوٗی
سوزِی یےؔلہِ تمؔ ڈاٹلی تہ پتہ اِڑ باٹلی ودکھ





از تہِ سَہ ؤ ژھ دژایہِ تمی آیہِ مگرزن تہِ بدل
از تہِ سہ کھٔرٕ نایہِ تمی آیہِ مگرزن تہِ بدل

از تہِ تمِس اوس وچھس منز تتھے وُشہِ نیرُو ہاں
از تہِ کتھن موختہٕ چھکان دایہِ مگرزن تہِ بدل

از تہِ ڈلس زوٗنہِ بُتھِس چوٗنہِ جراں اوس ہوا
از تہِ زن پمپوش پھولان آیہِ مگرزن تہِ بدل

از تہِ نبس کالہٕ اوٗبُر نال وٗلتھ زن تہِ صرف
از تہِ آلبن ژٔنی کران گگرایہِ مگرزن تہِ بدل

از تہِ شہن پٹھ چھِ گنڈتھ شششتر وتنابہٕ لُکن
از تہِ اچھر کلہٕ تہِ زٔری ہے بھایہِ مگرزن تہِ بدل





وونۍ دِل چھُنہٕ ییٚتہِ روزُن مانان
یہِ چھُ صُبحس شامس دگ للہٕ وان

ییتھ شہرس گاٗمژ زن تہِ ونن
ییٚتہِ کنہِ ہٕندی دِل کنہِ ہٕنٛدی انسان

کٗنۍ چھس دوٚپہٕ نم سیماٗبۍ خیال
ہے مُژر گراہ کتھٕ چھکھ پۆزان

آوارٕ خیالن وُچھ مےٚ ہٕکنان
آوار موٚ تاہ شہرس پھیران

وژھہِ دارِ گرژھن ما کھُلہِ ما بر
وونۍ آسہِ نہٕ کانٛہہ ییٚمہِ کوچہِ پکان

أزی مۆ دی غنی ،لَلِ ، زۆن ، أرِن
أزی زولگھ نُنڈریش نۓ استان

تِتھی دارِ چھُ وۆلمُت نال دُہن
یتھ پێٹھ وُۆنی بُلبُل اوس پرچان

انگ نارِ تتھن کھۆت آو بہار
انگ انگ دۆد سونچ تہہ وتران

وۆنی گیچِھ بلبلہِ تاں لُجی مۆ خَے
یتھ لرِ منز دوہلی شال وُنگان

تھر تھر چھَ اژان دِل ووٗتھ چھُ کڈان
ییلہِ زانہہ فونچ گھنٹی چھَ بجان

یتھ مۆژِ پێٹھ اطہر لۆٹ لگو
تمہِ مۆژِ نشہِ بہتر ریگستان





زندگی ہُند بہار یاد چھیا
تھہنڈِ حُسنک خُمار یاد چھیا

اکھ حکیما سہ اوس زن لُقمان
پانہٕ بیٚلہِ پٮ۪و بمار یاد چھیا

وُوٗنی چھُ شوٚنگمت سہ پڑون گُل شاید
رووُمت یَس قرار یاد چھیا

یام کھُر ہیوٚ وتن ہیوٚتُن تس یُن
منزٕ لے گوٚو فرار یاد چھیا

مُو دشہرُک سہ موٚت کران یُس اوس
تازٕ قبرن شُمار یاد چھیا

اوس اطہٓر تہِ کوٚل تہٕ زوٗر شہنصاہ
بس ونان اوس شار یاد چھیا





تھاوٕ ہا کتھ شایہِ زاٗلِتھ تھاوٕ ژونگ
یتھ سیاہی منٛز بہٕ کس کس ہاوٕ ژونگ

لونٛزہ ہا پراٗنِس نبس ساٗرٕ ے وُنل
تارِہ اوُکن ـِکتھ کنتھ پلناوٕ ژونگ

شہرٕ ہ چیو خاٗلی لربو کوٗڑ کاڑ تیٚتھ
گامہِ پیٚہرٕن ہاوٕ ہا ـِکتھٕ ہاوٕ ژونگ

سودرٕ وچھ طوٗفاٗنٛ شب ہلکاٗرٕ وکھ
کاثٕہہ اکھاونہِ ھم بہٕ کتہِ نٛس تھاوٕ ژونگ

اٗسی تن پوٚنرٕ تہٕ یا متہٕ اٗسی تن
راٗتی راتس توتہِ از وبگاوِ ژونگ





سپد یوس بہٕ مدٕہوش دۄپُن چھُکھ ژٕ متیاہ میوٚن
تھوٗن مےٚ کتھٕن گوش دۄپُن چھُکھ ژٕ متیاہ میوٚن

شُٹھی نِیار خیالِن مےٚ ژوٚلُم پھیرٕ ترٛاوِتھ
لوٚگ ناگہٕ جوٚیَن جوش دۄپُن چھُکھ ژٕ متیاہ میوٚن

ژم آس دِزان تاپہٕ تہٕ وس آس شِٹھیمٕژ
پھوٚلی ترٛاگی نیَن پوٚش دۄپُن چھُکھ ژٕ متیاہ میوٚن

تکرار مُشِتھ گوس تہٕ تم ناز مُشِتھ گاٚس
یُتھ آو سُہ برجوش دۄپُن چھُکھ ژٕ متیاہ میوٚن

زن آرِول پِتھ ون سو چھِوپھٕژ تہٕ دِوان ناد
برٕ ہا گژھے مو روش دۄپُن چھُکھ ژٕ متیاہ میوٚن





گاشُک چھُ ما امکان زیٹھاَیہِ أزِچ راتھ
کۆت گۆو سُہ سحر خان زیٹھاَیہِ أزِچ راتھ
کٲری راٗژ تیٚتیاہ وِیہہٕ مُشکل بناٗوِن ژِہی
آلبن بُرِن انسان زیٹھاَیہِ أزِچ راتھ
سیلاب ڈوٗچھِ جٔری نارِکی ہلم بٔری بٔری
پرٛبتھ دارِ پیٹھ طوٗفان زیٹھاَیہِ أزِچ راتھ
ڈٲکی پوشِ نولس ہوش پٔری ژھیٚون سُہ گۆو خاموش
یُس اوس غزل خوان زیٹھاَیہِ أزِچ راتھ
لولُک سُہ ژونگُے ژھوٚو عنقاد وفا یِتہِ گوٚو
چھُس تُتہِ ثناء خوان زیٹھاَیہِ أزِچ راتھ
زُوٚو جان تِمس کِیُتھ تِمی ساتھ واراہ دیُت
تی چھُم تُسند احسان زیٹھاَیہِ أزِچ راتھ
آسان مےٚ نِش اوس غٲرن رٔٹتھ در گوش
أتھی منز بہٕ چھُس حٲران زیٹھاَیہِ أزِچ راتھ





روح چھس سوٗبران راوان تان
باگہِ چھُ آمُت ریگستان

گاہ ہوتہِ گاہ ییٚتہِ چھس راوان
باگہِ چھُ آمُت ریگستان

کس ونہٕ کتھِ گیہِ ڈیکہٕ رٕکھی ہٕجی
رُت کوٚر دوٚیہِ منٛن چھیٚپہِ لوٚگ پان

ہوٚتہِ اوسُم تٔمی سُند مندر
ییٚتہِ چھُم بس تمی سُند استان

پرٛ بتھ اند سکہٕ ومِ سوٚیہِ ہٕنٛدی گلی
ووٚنی چھُم سوے پالَس پلزان

سکہِ منٛز کتھِ گٔژی غاَب سُہ گوٚو
وتہِ اطہر سکھ ژھانڈان





انہٕ گٹہٕ گاشہٕ مُنار دِتم
ظُلماتس از تار دِتم

یتھ نِش منٛدٕ چھن لچھہِ بٔدی شار
تیٚتھ ہیوٗ بُس اکھ شار دِتم

وُوٚٹھنہٕ چھہِ آءتیٚ أندرِم گنٛڈ
خاموشی اظہار دِتم

یاں میتہٕ گھٔڑی تن بڑانتیٚ لُکن
یاں تمی سُنٛد انہار دِتم

واوٕ طُفانٕن لگہِ ہے ڈنگ
نظرن تیُتھ رفتار دِتم

سون کُنیٚ گنٛڈہ فِرستن رز
مان تِتھُے وبوہار دِتم





زین زینکھ ژٕ یوٚد ثواب سمبٕھاہ
چاو راتس دوٕہس شراب سمبٕھاہ

از چھِ آمٕژ سو نازٕ تھٔر پانے
چھاو یوٚدوَے تگِی شباب سمبٕھاہ

ژٕ ووٗگھی تاں وٕندن سٕہ ہوٚ کھمٕت گُل
سوٗنتہٕ واوَن کوٚرُس عذاب سمبٕھاہ

زٕندگی بس تمِس گٔرٕم اریٚن
یمِ مےٚ دِیُت نم رسِیٖل حُباب سمبٕھاہ

یورٕ ووٗنمس ژٕ چھکھ سمبٕھاہ اعلیٰ
توٗرٕ ووٚنہٕ نم ژٕ چھُکھ خراب سمبٕھاہ

ییٚلہِ تہِ پرُژھمس دِتُھ بشیرٕس کیٛاہ
تیٚلہِ مےٚ ووٚنہٕ نم قلم کِتاب سمبٕھاہ





کانٛہہ تہٕ راتٕچ کتھاہ مےٚ ترٛٹھ باوُم
از بہٕ مٔشرن یہٕ از مےٚ مٔشراوُم

ترٕ ءتتہٕن لفظ لفظ ہُنٛدٕ ریو
شیٖنہٕ برُزی یم اچھر مےٚ وُشناوُم

میٛانہٕ گاٹٕج سڑک چھَ زیٹھیاٍمٕژ
میٛانہٕ سفرُک چھُ اند کتیٛتھ ہاوُم

یادٕ وٕترِس اندر طلاطُم چھُم
کیٛنٛہہ مٔشِتھ گوٚو تہٕ کیٛنٛہہ ژٕ مٔشراوُم

خوٚنہٕ مہرٕنی کشیرِ دِم خاٚراتھ
ترٛیشہٕ ہُرٛشٕ چھس تہٕ ترٛیش از چاوُم





رأژ کوچھِ مئز صبح گران روؤس
ناو چوئے پوٚرُم پران روؤس

قاؑد تھوؤم سمے ٹھُپس اندر
واو ٹھیلس اندر بران روؤس

گاٗمی گامس وتن دوٗیُن پھیران
خاۓ شہرِ کی پزر سرٛان روؤس

لیوٗکھ خطِ گُے جواب تُمی سبکِ پٹھ
واہِ ہالبن اندر پران روؤس





آےٚ ہُرِ ؠ نَے سَہ اتھ شبابس ہے
ترٛاےٚ ژٕ ےٚ کُن چھِ پرٛ ہتھ گولابس ہے

زندگی ہنٛز چھِ کیٛاہ حقیقت وَن
چھُس بہٕ لۆگُمت یہِ کتھ دولابس ہے

یاں تہٕ کڈٕ تم ڈٕلگُک یہِ وَر پانَے
نتہٕ بہٕ تھُوتھس یہِ کتھ عذابس ہے

یاں سوالٕچ ژٕ تشنگی کاسُم
یاں تہٕ سیری ژٕ دِم جوابس ہے

ہرِدٕ بیٛالس بہار بۆیہِ نَے سَہ
ناقہٕ وُوٗزی نَے سَہ اضطرابس ہے





أچھن اندر بسآوِم خاب واراہ
سودرٕ تے آوٕلنٕز تے آب واراہ

گٹن اندر پھسآمٕژ تاپہٕ زٕژ اکھ
سیاہ رآژن اندر مہتاب واراہ

حمیمٕژ تہہ وُوزن وارن تہٕ ناگن
تہٕ رٕنٛز آرس سوتیٕوٕمُت آب واراہ

اویزاں اوس تتھ شہرس پپٹھن نب
زمیٖن تہٕ آس تتھ غرقاب واراہ

دٕوپُم پٕوزا کرس تے پوٕش لاگس
تٕمس أندی پٔکھی وُوچھم احباب واراہ





بلن چھوکھ تاأِ دم بیمار سپدن
سبِکلی صحراو بنِیہِ گلزار سپدن

خوِدا اے بوزِ ہردس کاسہِ زردی
ہوِکھےَ گرِشھِ دوُر تتھ سبزار سپدن

ہوِکھبن ڈری یاونے گرِشھِ آب جاآری
ووِمیزن خےَ ژلبکھ پھموِار سپدن

خبر چھا آسہِ کیاہ لیکھتھ ڈبکس کس
پنِنی پھیرِتھ ووِپر کس یار سپدن

دِلیس ہےَ دِے گوہر بنہ نس کلامس
دِلیس نے کلی موِللی اشعار سپدن





کیٛا سہٕ خاص الخاص چھُکاہ
کارِ وۄگُن احساس چھُکاہ

اختابس بُتھ او برٕچ اِشہ
میٛانہِ منگ وسواس چھکاہ

سودرٕ وچھس مژٕ کھو کھجِہ کراں
نیٖل چھُکاہ یا طاس چھکاہ

تیٖرہ بشگو ہار سوتہو
اٹلانٹِک یا دزاس چھکاہ

نے چھے صوٗرت نے آکار
تیٖوٗت وُنُم ہِن داس چھکاہ

وُونلہِ اندر زن روٗمت بُتھ
دوٗر چھکاہ یا پاس چھُکاہ





اچھُو کِنیٚ اُس لَس شاید وساں سکھ
توٚے گوو شہرٕ کِس شہرس چھکان سکھ

گوٚنگُل سوٚنتے کُرِتھ زاٚژل ووٚکھ پھل
ہرُد واٚتِتھ چھِ تَم ہلمن براں سکھ

سیاہ راٚژن کراں تَم نوٗرٕ ورشُن
دُہلِ گاشس ڈکبن ڈٲنٹھِم لیکھاں سکھ

ذٕ پوٚتھ کاروانس روب چھُ حافِظ
ییمیٚک گور آسہِ بس لوٚنچن گنڈاں سکھ

نبس کھالاں آگُر نارٕ لوٚمبکھ
کوٚلن ناگن تہٕ ذٕریاون وُوزاں سکھ

پشن تژ اُوِتھ اویزاں شینہٕ ژادر
برن طوٗفانہٕ رٲژن منٛز جراں سکھ

گہے عرشس کھساں بے وایہِ صُبحے
گہے فرشس پٔیٹھن شامس وساں سکھ





کیٛازِہ چھِو پڑانِن چھوکن ووپھران کرأ لی
کیٛازِہ چھِو بلغار ووٕنی سوزان ڈأ لی

کیٛازہ چھِو شیلن اندر ژھانڈان دِل
کیٛازہ چھو نارس اندر ییران أ لی

حض تُلو تراوِو کمٛند سمیٚس پدٕن
شوق مژٕلی چھو اگرہے لاوو بأ لی

ٲجی زِتیٚ قطرن تہٕ کھوٚت اکھ ووکھٕ یُپ
شہرٕ ہ کِس شہرس سُپُدی وأ ران نأ لی

ڈُنگ دِژِن سودرس مگر خأ لی سہٕ کھوٚت
وُوپھ تجٕن اسمان کُن ووتھ تورٕ خأ لی

تاپہٕ زٔژا اکھ وُومبرہ وومبرن وُوچھ نہٕ زانٛہہ
سِر یہٕ کھوت لیکن سہٕ پوٚک پتھ بأ لی بأ لی





ہے خاب کٔنن والہِ ولو خاب انکھ یۆرٕ
ناگُن تہٕ جوین منز بُستھ سہلاب انٛکھ یۆرٕ

روداد پٔنن باوہِ ہے اکھ اکھ اچھر پانے
راٗمتی کِتابن ہنٛدی ورق تے باب انکھ یۆرٕ

تارکھ تہِ ٹِنتھ نب تہِ کُنُتھ آفتاب ہٮ۪تھ
اوبرس وٕلِتھ چھِی وُونہِ تہِ کیٚنٛہہ مہتاب انکھ یۆرٕ

یتھ پرٛانہِ عمارٕژ چھُ کٔنس تل کھٔٹتھ کیہتام
اتھ منز بساں یم آسی تم احباب انٛکھ یۆرٕ

گٔیہ شیشہِ خانس رُم تہٕ اگر آسہِ نے معلوم
ہے شیشہِ واٹن والہِ تم اسباب انٛگھ یۆرٕ





أنۍ سپدبو سہٕ أنۍ خانس منز
گاش سوٗمن تہٕ وۄتھ جہانس منز

اکھ عجیبے صنم گوٗرن شیشو
جایے دِژنس کنو مکانس منز

ھوتھ کہانی اندر الگ ہیمال
نأگی رایی بدل فسانس منز

لال ڈُنگل تہِ کھالہِ أخر کار
دُر شِناسا تہِ گوٗژھ زمانس منز

کینٛہہ اثر آسہِ تس تہِ منگہ نس منز
کینٛہہ بجر آسہِ آستانس منز

اضطرابا چھُ باغہٕ کس باغس
اکھ تذبذُب چھُ باغوانس منز





ازتہِ اَشہِ وانہِ چھا چھلاں اَنس
ناوٗ گمی سُند اما لکھاں اَنس

از تہِ پوشن عطر سہٕ چھا سوزان
از تہِ ادفر سہٕ چھا ملاں اَنس

ڈاپھ ترٛاَوِتھ سو گامہٕ سٔرکن پیٹھ
راتھ چھا از تہِ کھوژواں اَنس

ژونگ زاٲلتھ تھوٗن طوفانن منٛز
تیٖل تتھ کیٚت سہٕ چھا منگاں اَنس

ووٗنی بٕچتھ کیا چھُ شش جہاتس منٛز
ڈُونہِ تہِ جوُرن سہٕ چھا ہوٗاں اَنس

اوس شہرے عجب عجب خلقت
اَسی رژھ رژھ دوٚھے کھیواں اَنس





اشہِ وانہِ ٔستن بونہِ پنٕس ناؤ لبکھاں اوس
موّت اوس عجب زاتھ عجب واؤ لبکھاں اوس

ناگن تہِ لبکھُن نار کولن منٛز تہِ دوھےٕ دُوھ
سیٖمأبی صفت اوس تے بدلاؤ لبکھاں اوس

سودرس سکوٗنچ کتھ تہٕ طوٗفانس منٛز شأنٛتی
بےٚ یِہ آبہٕ تہٕن پیٹھ سۍ ازٹھہراؤ لبکھاں اوس

اِختابہٕ ژھٹاں گاش نصف رأژ وچھس منٛز
صبحس چھ خبر کیٛاہ زِہ کم الاؤ لبکھاں اوس

شیٖرتھ تہٕ پوٗرتھ باغ، تارکھ،نب تہٕ تسنٛد ساتھ
راتَس ونے کیٛاہ کیٛاہ دوھس نہہ دراولبکھاں اوس





چھ راتھ پان زٔٹھرن حجاب در حجاب
یوان پھس نہٕ اُنگہٕ ون سراب در سراب

یہٕ واؤ کوٚت کھہلہِ از اُمس چھ پٔٹ اچھن
یہِ گُل چھُ بے بسی ژھٹن عذاب در عذاب

بہار ماگہٕ بُزی گوٚمت ڈلن کولن چھُ شاٹھ
خزان از چھ بأگرن شباب در شباب

چھ ہرنہٕ اُچھی تِمس توے چھ قاد کأینات
رِندن مژر تہٕ زاہدن شراب در شراب

نہٕ ووتھ پتال جانور نہ کھوٚت سہٕ آسمان
تھزر تسُند چھُ زاہِرن، سحاب در سحاب





ئلۍ کاغذو پٹھ پےٚ یہِ ہُرِتھ رتہٕ دأے اچھر میأنۍ
کس کس ڈٕلکس تھاوِکھ مُرِتھ رتہٕ دأے اچھر میأنۍ

ئتھ ڈیڑہ کُن یوٚ دوے سنو حاجتھ تہِ روزیاہ کانہہ
کُمی تاں ٔکھمتۍ اتھ پٹھ گرِتھ رتہٕ دأے اچھر میأنۍ

ئن دیُت سرابن منز تمو تریشل وومیدن از
اکھ اکھ تھوِکھ تتھ منز بُرِتھ رتہٕ دأے اچھر میأنۍ

اسمان کھوٚلتس موٚنگ میٚہ دِیو رحمتگ رودا
اِدِ تورِہ پےٚ یہِ سأری ہُرِتھ رتہٕ دأے اچھر میأنۍ

دیوانہٕ گی ٔتمی سنزٕ وچھو سکہِ لس چھُ لیکھاں پوش
تھاوِن سرابن منز جُرِتھ رتہٕ دأے اچھر میأنۍ





کانٛہہ اگر پوٚت کال ہاوبم کیٛاہ کرس
زندگی ہُنٛد معنہٕ ہاوبم کیٛاہ کرس

ساسہٕ بٔدی الفاظ آبس پٹھ لیکھِتھ
واو نہنٲوِتھ مہٕ تھاوبم کیٛاہ کرس

کینٛہہ وونُن کینٛہہ وننہٕ بٕرونٛتھے نیوٚن کھٮ۪تھ
کینٛہہ تہٕ نے وونی بوزٕ ناوبم کیٛاہ کرس

کٔڈ ئٔشِس اندر لیکھم أدٕر ڈٔکِس
بے سبب بارانہٕ ترٛاوبم کیٛاہ کرس

پرٛٲنی اکھ اکھ کتھ مِٹاوِتھ تھاوِہ از
اکھ نوٕے تأریخ ہاوبم کیٛاہ کرس

سودرٕ کِس واوِلی وٕچھِس اندر برِتھ
بے پناہ طوٗفان تھاوبم کیٛاہ کرس





ٹھاسان پلن پان مگر آب پکاں اوس
ناگن تہٕ جوین منز بسأوِتھ خاب پکاں اوس

رٕندانہٕ پانس بال تہٕ بُٹھی اوس سمجھاوان
گِندان وٕلِتھ آوٕلنٕی گِرداب پکاں اوس

رہتہٕ کاٗلی سے اندر رٕٹِتھ زن پھاگنُک انہار
پوہ اٗسی ہن یا ماگ سہٕ شاداب پکاں اوس

باغس اندر پٕرِتھ پوشہِ تھوس پٹھ تُسند انہار
باغس نبر سازن دِواں مِضراب پکاں اوس

ستہٕ وے سمندر ترٕ یشہ، ہٕتی پھیشان پٕنٕز وٕ وٹھ
اکھ قطرٕ دیاں بالہِ تلٕی بے تاب پکاں اوس





کیٛاہ پتاہ کیٛا کاغذس پٕٹھ تھاوِ واو
کیٛاہ پتاہ کُس کُس لفظ نہناوِ واو

کیٛاہ پتاہ کتھ کتھ تھوٚنگس ساوبس پتھر
کیٛاہ پتاہ کتھ کتھ گٔلِس ألہٕ راوِ واو

کیٛاہ پتاہ اسمان زن وأتھ اوٚنن
کیٛاہ پتاہ سودرس اندر تتھ تھاوِ واو

از دپان پوٚک سأنی کِنہ بادِ صبا
کیٛاہ پتاہ أزی باغ ما ززراوِ واو

شاہ شوارس کیٛاہ پتاہ منزل لبیٛاہ
پٔدی وتن ہندی آکھ زن نہناوِ واو

خاب زٕگتکۍ تُمۍ أچھن منٛز قأد کٔرۍ
ووٛنۍ سرابن منٛز کٔمِس تنٛبلاوِ واو

کم بُنِلۍ طوٗفان ئرۍ سانیو لریو
کیٛاہ پتاہ کم زٕھل تہٕ ول ازماوِ واو





راتھۍ وٕچھم اختابہٕ نژان اوس تہندی کنٔہ
کھرِ کس اند رتسن زٔونہِ کٹھان اوس تہندی کنٔہ

طوٗفان وٕبکھتھ اوس اتھن پھوک دِوان بچوو
نتہٕ آوٕ اِلنس منز سہٕ بیراں اوس تُہندی کنٔہ

أکہ وون زِہ اکھ لقمان صفت اوس حکیمساہ
بیٛیہِ وون زِہ اکھ شہمار بساں اوس تہندی کنٔہ

اکھ ژیٖہہ سپُد ناگن تہٕ کولن اوس آبیٖ آب
اکھ ژیٖہہ سپُد تتیٚ نارٕ وہاں اوس تہندی کنٔہ

شیلن تہٕ پلن تل چھُ سمندر تہٕ ڈٔبتھ از
راتھۍ مگر رٔنجہِ آر گرزان اوس تہندی کنٔہ

موت اوس عجب زاتھ سجاوان وُچھُم باغ
از بونہِ پنٛس نار دِواں اوس تھنٛدی کٔنۍ

اختابہٕ کرٛھُنٛ دوہ بے رنگ اَلوٗدِگی شہرٕ چ
امہِ دوٗر تتےٚ اکھ گام بساں اوس تھنٛدی کٔنۍ

ٹٹھ وٚن تہٕ بےٚ یہ اِر خائی گٔلی وارٚن تہٕ ڈٔلن کھٔتی
تٔلی یأر یا دِودار کھساں اوس تھنٛدی کٔنۍ





رٹھ تریشہِ ہتۍاہ ڈٲری یاو تہٕ گڑھ
رٹھ بونہِ شٔہل بۍ یہِ چھاو تہٕ گڑھ

ولہٕ کوچھِ منٛز تراوکھ لر تامتھ
ولہٕ رژھ کھنٛڈ وچھ شہلاو تہٕ گڑھ

اکھ اوبرٕ موٗٹھاہ ان گنہِ پأٹھن
پتہٕ رۄدٕ جرٛیاہ اکھ تراو تہٕ گڑھ

طوٗفان چھُ شاید وُونہِ شوٗنگتھ
ییتھ ژأنکس ٹھوٚرکینٛہہ تھاو تہٕ گڑھ

انہِ گوٚٹ وویدیوٚمُت پژاگاشس
اکھ تاپہِ زٕژاہ اسہِ ہاو تہٕ گڑھ

کتھ پٹھ چھُکھ مینان قبرستان
قبرن ہنٛدی چھوکھ گٲنزٕراو تہٕ گٔژھ

کس ہاوکھ کتھ کتھٕ کرٕناوکھ
امہِ تیٖرٕچ دگ شہلاو تہٕ گٔژھ

مُر پرٛانہِ کلٲیک ززٕریومُت پن
پتہٕ لیکھُس ورزُن واو تہٕ گٔژھ

تہِ چھ بوٗزٕ دزان أنٛدرِی ذٕزی تن
ژٕے أرق چھےٚ شہلاو تہٕ گٔژھ





بُرِتھ تھاوِن اَچھن انڈر سمندر
سَدٕر ساٗری صدف بےٚ یہِ لعل جوہر

ڈلکس اختابہٕ تارکھ زۄن قوربان
وُوٹھن اَسِس فدا مُشکہٕ معطر

تِتھس کمرس انڈر وُونم پنٕنہٕ خاب
نہٕری صحراو سکھ درواز انڈر

سٕرِتھ پرواز کھوت عرشِ عظیمس
نہ اَسِس پر نہ جاناوار بے پر

میٚ وتھ اَسم وبذ ے منزل تہِ ویو داوس
یہِ کیُتھ زِچھر یہِ کیُتھ وتم میٚہ دوربر

سکوٗتک اکھ عجب عالم ونے کیٚاہ
ژٕتی ییتہِ اوس آدی شورِ محشر

زمانن مائٔژ تٔمی ہنٛز کتھ بہ کوٚل گوس
بۍ کیٚاہ کرٕہا تمِس زٕبو آس بِتر





کیٚاہ گوو حاصل کیٚاہ اسہِ روو
کیٚاہ ژھوٚن تراوِتھ کیٚاہ اسہِ پژوو

ژےٚ تہِ ما روٗزے یاون ریہہ
میٚہ تہِ ووٗنی دزنک شوقٕے تروو

ہنگہٕ منگہٕ سوٗسن چھا کھوتمت
مےٚ تہِ ارمانا مہژِ منز سوو

راتکِ انہِ گوٹ یمِ نیوٗ چیٚتھ
از تمی ژوٗنگاہ زاٗلِتھ تھوو

تمی ژوٹ اکھ اکھ خٕط راتک
راتک وعدٕ تہِ تمی منسوو

گِنٛدنس گِنٛدنس منز گو شام
نکھٕ اٚسِتھ زن کرٕ دوریوو





چھُ روح میٚہ ازٕ تھتھرن خبر چھُ کیٛاہ سپدن
پھُلے جۄنس لجی مگر چھ زیو کھوژن

قدم اویزان چھِم ہوا چھُ زن مفروٗر
چھ میلہٕ پٔٹ مرٕتل تہٕ راٗ چھ پھِس رٕہزن

پیوان وٕستھ از کوہ گلان شینکو پاٗٹھی
سٕدر تہِ پھٹنس یتھ کھسان چھُ اسمانن

چھِ بنجرن سکہِ لبن وٗ وزاں رٕسلی یم خاب
چھ سٕدجہِ پھُلیاہ از یمن بٹھن بیرن

دوہے یہِ واوٕل گوو نقش متاواں پراٗنی
چھُ گردِ بُزی عالم سمے چھُ پچھتاون

خیالٕکی پأزِس پیٛو وتی شِکارٕ یاه اکھ
اکھ ضرب دیُت نٕس چھوٚکُن سُہ طرفاتن

خموش گوٚو یکدم کتھل سُہ جاناوار
ووں لعل تمی ہندی حض تمام ؤڈ وکھتن



دوپنم ژٕ سنگ تراش چھُکھ چھُکھ کأرِی گرٕ مگر
کنٕ چھُبس تہٕ رگن منٛز منٛیہٕ چھُم سیٖماب خبر کیُتھ



أچھ وُٹتھ تھاُوتِھ تہٕ تسبیح چھکھ پھِران
راتھ دوہ کھُسی کھُسی رزن آیت پران
مل ژۄلُے ماسہَ دِلُک چھٕلی چھٕلی تہٕ زانِہہ
رتھ ووتھر پڑاژن یہِ چھِی ساَری وُچھان



ژوپہٕ مُت صرفو تہٕ بُچھِ مُت تان تان
اڈٕ زُومُت لاَرِتھ زمینس گُن گرٕھان
شاہ ژھوکیمتۍ اوٗش تہِ ہۆ کھُمت توتہٕ وُچھ
موتہٕ کِس پنجس اندر کاَشُر اسان



زِندگی بس یہَے تُمس پیٲرُن
گُنِز ناون اندر گُنِز سارُن
زانِہہ اَگر تس خیال یوٚگُن پیٚو
سوٗز نم شیچھی پےٚ یِی ہناہ پیٲرُن





راتھ بُستی تہٕ بے بسی بتہٕ یہِ کیٛاہ
زاتھ پُستی تہٕ بے حسی بتہٕ یہِ کیٛاہ
سایہِ زولانہٕ قِدٕ شاہ دمہٕ پھُٹ
موت دو دو تہٕ بے کسی بتہٕ یہِ کیٛاہ



گاش اڈٕ پھوٗل ووٚمیدٕ گُر ژھانپل
روٗد گگرایہِ وُنلہِ اندر کل
بژوٚنٹھ پکہٕ ہا مگر سرابے آتی
روزٕ ہا پتھ ژھنم سکِج ہانکل





شامُک یہِ گُنبر از تہِ پریشان گرِتھ دڑ او
صبحُک یہِ مژر از تہِ اکھ طوٗفان بٔنِتھ آو
قلمس چھَ وٗلِتھ نال زن راتِچ یہِ سیاٰہی
لفظن چھُ وُہان نار زن شمشان سمِتھ آو



## بہٕ لۆکھنہٕ از

بہٕ لۆکھنہٕ از بہٕ لۆکھنہٕ از
بہٕ لۆکھہِ کیاہ بہٕ سونچہِ کیاہ
بہٕ لۆکھنہٕ از بہٕ لۆکھنہٕ از



لۆکھا بہٕ خوٗنہٕ کول چھہِ سائنی
لۆکھا کٔشیر نُندہٕ بأنی
لۆکھا یہِ موتہٕ کُے منظر
لۆکھا ژھرے یہِ کوچھ چھہِ میأنی
لۆکھا یہِ خوفناک وَن
ودان گٔلی ودان چمن!
بہٕ لۆکھنہٕ از بہٕ لۆکھنہٕ از
بہٕ لۆکھہِ کیاہ بہٕ سونچہِ کیاہ



چھِ زندگی ژلان ژٔمان!
چھُ موت خوفہٕ روٚس نژان!
بڑان بڑان مزار گٔے!
چھَ بس وُجارگی ہُران!
یپأری رامہٕ ہوٗنی کھاو
ہُپأری بس چھِ گربڈ نژان
بہٕ لکھنہٕ از بہٕ لکھنہٕ از
بہٕ لکھہٕ کیٛاہ بہٕ سونٛچہِ کیٛاہ
بہٕ لکھہٕ کیٛاہ بہٕ سونٛچہِ کیٛاہ



ہُپأری خُونہٕ چی چھَ دار
یپأری شولہٕ وُن چھُ نار
ہُپأری أڈی ژلان یہِ کیٛاہ
یپأری أڈی گلان یہِ کیٛاہ
ہُپأری رأژ ہُنٛد چھُ خوف
یپأری لُکھ دوٚہس کھوٚژان
بہٕ لکھنہٕ از بہٕ لکھنہٕ از
بہٕ لکھہٕ کیٛاہ بہٕ سونٛچہِ کیٛاہ



گُمرٕ یہِ نِلوٗٹس چھِ تَل
ژٕ وارٕ وُچھ یہِ ما چھِ ڈَل
یہِ بے ستھٕر ننگے یہِ حوٗر
یہِ چانٕز موج میانٕز گوٗر
أرِزٕ چھِ نامہٕ کس لکھان
وبداکھ زُون کس دِوان
بہٕ لکھنہٕ از بہٕ لکھنہٕ از
بہٕ لکھِ کیاہ بہٕ سوٗنچِ کیاہ



وِدان ہُپاٗرِ ساسہٕ ئدی
ازآنز أڈی أڈی چھِ وبدی
چھُ کانٛہہ یتھٕن چھوچھُر کران
چھُ کانٛہہ ہوٗتھٕن متھان پان
خبر ہہٕ ما چھُ میوٗن رُوپ!
خبر یہِ ما چھُ میوٗن پان!
بہٕ لکھنہٕ از بہٕ لکھنہٕ از
بہٕ لکھِ کیاہ بہٕ سوٗنچِ کیاہ



ہو موج کس چھِ از وڈان
یہِ مول گس چھُ وۄنۍ دِوان
یہِ مۄژ وُڈاسی گس وڈان
ہو کلہٕ ئۆنۍ چھَ کس رِوان
دپان یتیمہٕ ہۍنز یہِ کرِبکھ
عرش فرش چھُ اتھ نٹان
بۄ لبھنہٕ از بۄ لبھنہٕ از
بۄ لیکھہٕ کیاہ بۄ سوٚنچہِ کیاہ



ژوپاری ییتہِ چھِ ماۍنژٕ بۄے
کُسائیٚ وُٹھ کسائیٚ خۄے
ہِمِس چھِ وُٹھ منگان خون
یمِس چھُ شراکہِ ہُنُد جنون
مِتھِتھ چھُ خوٗن مسجدن
لوِتھ چھُ خوٗن مندرن
بۄ لبھنہٕ از بۄ لبھنہٕ از
بۄ لیکھہٕ کیاہ بۄ سوٚنچہِ کیاہ



چھُ اور شراکھ ہتھ تھو!
چھُ یورٕ تغلقس خنجر
ہُپاری پھانسہِ پٹھ مسیح
سُقری یپاری چھو زہر
چھُ اورٕ اکھ ابوجہل!
چھُ یورٕ اکھ ابوبکرؓ!
بہٕ لبھنہٕ از بہٕ لبھنہٕ از
بہٕ لیکھ کیاہ بہٕ سونچہِ کیاہ



قلم خموش زیو ژٹتھ!
کِتاب پننہٕ ورق کھٹتھ
لفظ چھ رأوٕمتۍ خبر
سُہ آسہٕ گُس انبِھ وٹتھ
دیان مُود کلہنے !!!
غنی چھُ کرالہٕ پن کھٹتھ
بہٕ لبھنہٕ از بہٕ لبھنہٕ از
بہٕ لیکھ کیاہ بہٕ سونچہِ کیاہ



دِپان نٲدمَن نُنٛگل!
لفظ لفظِ اچھر اچھر
دِپان لوٚن دَم رٔٹتھ
تِمس نہٕ زِن کٕہنٛژ خبر
دِپان راہین تھٔوِن
ترووپرِتھ ژوپٲرؠ دارِ بر
چھُ سوٚتھ گنٛڈان نازکی
مگر پیوان چھِس سپھر
وٕٹتھ پننٛ گٕھر بہتھ
چھُ ژورِ کٲملے دِپان
چھِ ساقیس مُشِتھ گمژ
کٔشیرِ ہنز وَتھے ونان
دِپانِ ایمہس گومُت بہِتھ
ہوٚٹے وُچھان وُچھان!
نہَ از چھُ نعت کانٛہہ پران
نہَ کانٛہہ سُہ از بھجن گوان
بہٕ لکھنہٕ از بہٕ لکھنہٕ از
بہٕ لکھہِ کیاہ بہٕ سونٛچہِ کیاہ

نہٕ کانٛہہ قمیٖرُ چھُ از گیوان
نہٕ کانٛہہ گٔنج چھِ از نژان
گٔلی چھِ زن تہٕ رآوٕمژ
سٔتُت چھُ زن کتھن کھوژان
ییٚنے سہٕ باغوان مُود!
تتٚنے چھُ بمبورس جمُود!
بہٕ لبھنہٕ از بہٕ لبھنہٕ از
بہٕ لیکھِ کیاہ بہٕ سوٗنچِ کیاہ

مےٚ لیف دِم شونگُن مےٚ چھُم
کٔشیرِ از وُدن مےٚ چھُم
وَدَس بہٕ ہوٗل گٔنڈِتھ وَدَس
وَدَس بہٕ رات دوٚہہ وَدَس
بہٕ کیاہ سپُد کٔشیرِ وَن!
گیس وُنم کُس ہشز وَنٕن
بہٕ لبھنہٕ از بہٕ لبھنہٕ از
بہٕ لیکھِ کیاہ بہٕ سوٗنچِ کیاہ

نہٕ کانٛہہ گولاب ووٚنۍ پھولان
نہٕ کانٛہہ شباب ووٚنۍ پھبان
نبس گوٚمُت چھُ موتہٕ رنگ
چھُ ہِریٚ یہِ رات دوہ ودان
چھُ دأر از تہِ وٕژھ مگر
سُہ بُلبُلےٚ چھُ ما پٔرچان
بہٕ لٲبھنہٕ از بہٕ لٲبھنہٕ از
بہٕ لیکھہِ کیٛاہ بہٕ سوٚنچہِ کیٛاہ



نہٕ باتہِ کینٛہہ اُچھن یوان
نہٕ قلمسےٚ چھُ کینٛہہ کھسان
چھِہ کوٚٹھۍ بہٕتھ بہارسےٚ
ہرُد توٚے بے پھرٛ ؤک نژان
چھُ ڈٲل خموش زبو وٕژتھ
چھِہ وٕتھ پنُن بُتھےٚ کھٕٹِتھ
بہٕ لٲبھنہٕ از بہٕ لٲبھنہٕ از
بہٕ لیکھہِ کیٛاہ بہٕ سوٚنچہِ کیٛاہ



تھدان چھُم مےٚ آسمان
زمین چھم دوٕ ہے سرٛ نان
نَہ مشرِقیٚ نَہ مغرِبیٚ
یہِ میلہٕ گٔنڈ چھِ کوٗت گرٛشھان
یِوان گام میوٗن یُتھ
سرٛک چھِ پان زیٹھِ ران
بہٕ لبھنہٕ از بہٕ لبھنہٕ از
بہٕ لیکھِ کیاہ بہٕ سوٗنچہِ کیاہ



یہِ عٔلمہٕ باغ گوٚو وُجاڑ
ہہٕ گوٚو ہُپاڑ یہِ گوٚو یپاڑ
عۄتھہن کھلن چھُ بس دَتُر
خبر گوٚمُت چھُ کیاہ اثُر
چھِ ناگ ترٛیشہِ ۂتی پھِہان
کوٚلن چھِ گٔری وُٹھن لگان
بہٕ لبھنہٕ از بہٕ لبھنہٕ از
بہٕ لیکھِ کیاہ بہٕ سوٗنچہِ کیاہ



سرو تۂ دِیودار ہوٚکھی
سبز سبز چنار ہوٚکھی
گولاب ہوٚکھی ، شباب ہوٚکھی
وُچھان آفتاب ہوٚکھی
خزانۂ بُزی بہار گوٚو
ہوٚکھِتھ یہِ وٲرِ وار گوٚو
بۂ لکھنۂ از بۂ لکھنۂ از
بۂ لیکھِ کیاہ بۂ سونچِہ کیاہ



رباب ووٗنی بے سُر وزان
چھِ نٔڑ بگری چھَ نے پھرٛ کان
چھَ راگ راگ اڈٕ زُمرٔ
چھ تال تال نوتوان
پنچن پنچن پھولان چھُ سوٗر
چھُ تکیہِ تکیہِ از ودان
بۂ لکھنۂ از بۂ لکھنۂ از
بۂ لیکھِ کیاہ بۂ سونچِہ کیاہ



دپان پیٖر وٲر ٲس
کران کٔمنٕ یہِ زیر ٲس
مُغل ، دُژٲنٛز بٕتی آے
کھٔیک شکست دپان دژاے
گۆمُت یہِ جنتس چھُ کیٛاہ
ہُپٲری کیٛاہ یپٲری کیٛاہ
چھُ بڈشہن فقیٖرٕ رنٛگ
تہٕ یُوسفٕے چھُ از بچھان
بہٕ لبکھنہٕ از بہٕ لبکھنہٕ از
بہٕ لیکھِ کیٛاہ بہٕ سونٛچہِ کیٛاہ



قبر قبر ہُران گیہِ
زمین تنگ گژھان گیہِ
چھُ مول کھسان پیٖرِ نٕے
تہٕ زندگی موژان گیہِ
شہس شہس تنابہٕ ہے
ژہس ژِہس چھٕ دگ کران
بہٕ لبکھنہٕ از بہٕ لبکھنہٕ از
بہٕ لیکھِ کیٛاہ بہٕ سونٛچہِ کیٛاہ



گرس گرس وُ جارگی
برس برس وُ جارگی
سِرس سِرس چھَے بے کسی
زرس زرس چھَے بے بسی
چھ وارِ از ملان سۄر
مندورِ بس چھ غم ژھٹان
بہٕ لَبھنہٕ از بہٕ لَبھنہٕ از
بہٕ لیکھہٕ کیٛاہ بہٕ سونٛچہٕ کیٛاہ



چھِ مائژِ نم یِمس تہٕ ہائے
ہُمس امارٕ گُلی تہٕ وائے
ہُمِس تہِ ڈوٗٹھ پھُلیہِ پھو
یِمس تہِ ما کِھنٛژ بنو
چھِ باغ سر سبز مگر
وُ جارٕ بس چھُ باغوان
بہٕ لَبھنہٕ از بہٕ لَبھنہٕ از
بہٕ لیکھہٕ کیٛاہ بہٕ سونٛچہٕ کیٛاہ



خوداے زن چھُ رُوشمت
سہ تبے اسی چھُ پُوشمت
نہَ کانْہہ دُعا گژھان قبوٗل
چھُ سون اوٗش گژھان فضوٗل
چھِ یورِ أسی یہ کینْہہ منگان
چھُ تورِ تتھ اُلٹ گژھان
بۂ لکھنہٕ از بۂ لکھنہٕ از
بۂ لیکھِ کیٛاہ بۂ سوٗنچِ کیٛاہ



گژھان مغربس تہٕ دوکھ
گژھان مشرقس تہٕ دوکھ
جنوب دوکھ ، شُمال دوکھ
زمینہِ دوکھ سپتال دوکھ
چھِ کامنا سوٗچھ کران
چھُ باگہِ بس دوکھے یوان
بۂ لکھنہٕ از بۂ لکھنہٕ از
بۂ لیکھِ کیٛاہ بۂ سوٗنچِ کیٛاہ



ژٔتان چھُ آفتاب زن
چھَ زوٗن از کھوژاں کتھن
ہوا چھُ نار نار ہَض
فضا چھُ بے قرار ہَض
زمین چھَ اشکبار از
چھُ آسمان از دِیان
بٔہ لبٕہنہٕ از بٔہ لبٕہنہٕ از
بٔہ لیکھِ کٔیاہ بٔہ سوٗنچِہ کٔیاہ



چھَ ناگہٕ جوٗیہِ چھوٗچھِر کران
چھُ آبشار وٕچھ ژٔٹان
چھَ تاپہٕ کرٛایہِ ژٕم دزان
کوٗلن مگر شِشُر لگان
چھُ وٕتھ پکان ہوشہِ روٚس
وکانہٕ کُس ڈلس گرٕشھان
بٔہ لُبٕہنہٕ از بٔہ لبٕہنہٕ از
بٔہ لیکھِ کٔیاہ بٔہ سوٗنچِہ کٔیاہ



عجیب از چھَ خاموشی
چھَ بے کسی تۂ بے بسی
مزار اَنتھٕ رُس بڑان
چھَ آورٕنۍ دوہے تتان
چھُ موت کھاو گومتُن
چھُ مأنزٕ بوٚے تمس یوان
بےٚ لکھنٕہ از بۂ لکھنٕہ از
بۂ لیکھٕ کیاہ بۂ سوٚنچِہ کیاہ

(جاری)



## ہٹہِ چھُے مٹہِ چھُے

۲۰/دسمبر ۲۰۰۲ء

ہٹہِ چھُے مٹہِ چھُے میوٚن ژٚے سورُے
سورُے تھووُم ژٚے نِش رٕ چھی رٕ چھی
رأچھ ژٕ گٔری زبس
یِنہٕ اتھ کینٛہہ گرٛھہِ
یِنہٕ زانٛہہ پردٕمن ہاوکھ باوکھ
یِنہٕ کانٛہہ کتھ ووٚنی بازر ترٛاوَکھ
میأنی امانتھ رٕ ژھرِتھ تھوی زیٚھ
ہٹہِ چھُے مٹہِ چھُے میوٚن ژٚے سورُے



دِل سُہ تہِ ژٚے نِش
روح سُہ تہِ ژٚے نِش
جان تہِ ژٚے نِش
مان تہِ ژٚے نِش
میوٚن رِنیومُت پان تہِ ژٚے نِش
ہٹہِ چھُے مٹہِ چھُے میوٚن ژٚے سورُے



کینٛہہ پرژھنۍ ارمان تہٕ تھاٲوِم
کینٛہہ سوسہٕ ریٛاۓمتۍ خاب تہٕ ترٛاٲوِم
کینٛہہ بُسہٕ نیٛاۓمتۍ مستقبل ہبتھ
وُنلہِ وُلتھ کینٛہہ منزِل اڈٕ لکھۍ
پٔوت کاٹلکۍ کینٛہہ داغ تہٕ تھاٲوِم
برٕہ گاۓمتۍ کینٛہہ باغ تہٕ تھاٲوِم
ہٹہِ چھےٚ مٹہِ پچھےٚ میوٗن ژٕےٚ سوٗرے



یادن ہنٛز اکھ ارزتھ تھاٲوِم
وعدن ہُند بے ووٚنتھ سمندر
لفظن ہنٛز مأنٛتھر زیوٗ ہنٛز پڑھ
توژِھ روٗس شارن تخلیقن ہنٛزِہ
پُرٛ تل نارٕ الاو تہٕ تھاٲوِم
ہٹہِ چھےٚ مٹہِ پچھےٚ میوٗن ژٕےٚ سوٗرے



دارِ وژھے دروازن ہأنٛکل
منہٕ کلہِ نار بژہان چھُس کھوژان
سُور گرٛشکھ ما نار چھُ تیزان
ارمانن ییٚہٕ لولہٕ امارن

واو چھُ یأ گی بال چھِ گوران
راتھ چھِ پھاآلان ہؤنی چھِ ووران
پکھِ تل رئڈ زبکھ یؤت پِلی ہےٚ
ہٹہِ چھُے مٹہِ چھُے میؤن ژٚے سورُ ے

❁❁❁ (نامکمل............)



وُنی وُنی واتہِ أزِیُک اخبار
پے ہیتھ کتہِ اوس کِیُتھ گٹہٕ کار

کتھ کوٗٹس پٹھ کُس منصوٗر
کس پٔیہِ ژٔنۍ ترٛٹھ کس لوٚگ نار

کس کوٗسہٕ ہاژِھ دِژِکھ موٗرکھ
کُس مخبر کُس عزت دار

اکھ اکھ جُملہٕ چھُ زہرٕ برِتھ
اکھ اکھ لفظ چھُ کرتلہِ دار

أکی ہٕژ ببنہِ ملیتِج دوختر
بٔکۍ ہٕژ ہنگہٕ منگہٕ گیہِ سنگسار

راتھ یمن ہُنٛد اوس سیاہ
تہنٛدی گرٕ از گاشہِ مُنار

اسہِ دِیُت گٔمی تاں مُولن دژوت
اسہِ گٔمی تامتھ کوٚر لُرٕہ پار

ولہٕ تمہِ پتھرِ اندر نیرو
یٚیتہِ اسہِ سوچی گوٚو بیمار



# ڈل چھُ ودان

آہ یہ کٲمی کوٚر زنم تہٕ یکدم چاہہ میٚیہ گوم
کٲمی میٚیہ دیُت نم شرٛاپ کمی سُنٛد جود گوم
چھُم بدن رتہٕ دآے آبس گوٚ وزہر
ناو چھُم ڈل ترٛیٚش از کانٛہہ ترٛ آوی توم
کٲری وُٹھن لگی متی تہٕ پیوٚمُت چھُس پتھر
خوٗنہٕ مہر ازاتہٕ لِتھونہٕ آمُتن
پننہٕ نِسے خوٗنس اندر
شاہ زٕھوٕکیمتی گاشِ تھوٚ کمُت گاشہِ ہے
زن مٔتِس سوٗنٛتس گمژ ہردِ چ ونن
زن ہوادم پھُٹ گوٚمُت
شانٛشہِ لد بیمارہ سٕنٛدی پآٹھن بہٕ از
وٕنی دِوان کوٚت گوم حض یاوُن پٕژن
یاوِٕنٕژ تم مآری مٔنٛدی بیٚیہِ میٹھی خاب

کوٚت ژٕلِم ترٛ آوِتھ مےٚ یِم أسِم پٕنٕنۍ
یِم کراں أسِم مےٚ پُوٚ زاراتھ دوہ
چھُم بُجر چھُس لوسہٕ وُن افتابہٕ ہیوٗ
گُس کرِم زخمن مےٚ مرہم گُس دِیم

نکھ مےٚ توبۄ دس مےٚ مارُ ودُے تہٕ کانٛہہ
چھُس پیوٚ مُت بے ستھ تہٕ لاغر کیٚاہ مےٚ گوم
ناوٕ چھُم ڈل ترٛ لیش از کانٛہہ ترٛ أوِ توم



# وٕنہٕ واس

ازعجب دوہ عجب گۆمُت کِیاہتام
ازنہٕ باٛبرنہٕ ژھانڈ وٕے گُنہٕ کنٛز
تیٚژ فُرصتھ زِ ژٕھ تہِ تیٚتیاہ زٕاٹھ
وأنٛسہِ وادن سُنبتھ گرٛ ھان از تم
فرصتُک از عجیب عالم اوس
کریوٛٹھ ظأُلم سبٹھاہ أزیتھ ناکھ
ازتہِ کانٛہہ کانٛہہ یوان گرٛ ھان وُنہِ اوس
ازتہِ فونس اژان منٛزی منٛزی زُوو
وُنہِ تہِ کینٛہہ دوست أسی حض أندی پٔکھ
توتہِ باسان گُنبرتہٕ تنہاأیی
تم پٔنٛنی کنٛز ہمتھ بڑاوان أسی
دوستی ہٕنٛدی دِوان دم تم أسی
مےٚ خبر کِیاہ وہم گومُت زن اوس

بے رُخی ہنز یوان مےٚ ہنگہٕ منگہٕ بوے
از بہٕ اوسُس نہٕ تتھ کتھِس اندر
اَس یتھ پیٹھ صِرف حکومت میأنی
از مےٚ فرمان کوٚ رُم نہٕ کانہہ جأری
لِکھٕ گومُت اتھن تہٕ الفاظن
زیوٚ خوشِک زن کتھن کوٚٹھش لوٚ گمُت
از خیالن اندر طلاطم اوس
کمتری ہُند عجیب اکھ احساس
زن تہٕ أندرِ مےٚ اوس ازکوران



از تہِ پیاران بہٕ زن ژُمس تامتھ
از تہِ تہنٚدِس پتس وتاوٕل زن
وٕ رٕ یہِ وادن مےٚ یُس گرٕم پوٚزا
از تہِ اوسُس وٕ چھان دروازس
ٹھک گژھس ماتہِ واتہِ ماوٕنی سے
اَس شاید یہِ کتھ گمژ مُشتھے
میوٚن راجت تہٕ میوٚن سنگھاسن

لۆٹہِ نیۆ مُتِ خبر کموٗژۆ یہِ لو
از قُلف تتھ کٔٹھِس لِگتھ وأ نا کھ
نبرٕ کنہِ کیٚنہہ سزاولن ہٕندی روح
زن تہِ زاگان مےٚ آسی تِم تتہِ نٕس
یُتھ بہِ وُچھُہس تہِ گاٗنٹھِ ہٕندی پأٹھن
تھٕچھ مےٚ دِژ ہم تنابہِ ہاگٔنجہِ ہم
پُٹ أچھن دِتھ مےٚ آس کۆر ہم بند
کٔھکھرِ کۆڈہس ڈبکس پٔلٹھن لیۆکھ ہم

دیش کے ہِت میں ہے یہی اچھا
بھیج دو اسکوریت بھومی میں
ہو بھی سکتا ہے یہ سدھر جائے
اِس کے ماتھے پہ اِک شِکن آئے
ٹوٹ جائے تو یہ سمجھ جائے
اک حقیقت پرانے وقتوں سے
جو وِراثت میں ہم کو پُرکھوں نے
ایک ہتھیار کے طور دے دی ہے
سچ کا منہ جب نہ بند ہو جائے

رام جی کو لکھو لکھو بن باس
اور سیتا کے نام بدنامی
تھوک میں تم صلیب بنوالو
ایک عیسیٰؑ نہیں مِلا تو کیا
گردنیں ہیں بہت ہے کیا پرواہ



## جواب دِہ

ژٕ چھُکھ لامثال
بے جور تہٕ کُنے
لولُک آ گُر
اکھ تصوٗر
دِلن ہُند مِیُل
گلن ہنز گرائے
ہوٚہس مُعطر کران
مُشکِ عنبر چھکان ہر سُو۔ ہر آن۔
ژٕ چھُکھاتہِ سوٗرٕ ے یہِ ژٕ چھُکھ
ژٕ چھُکھاتہِ ینہٕ ژٕ چھُکھ



ژٕ چھُکھ دِلن ہُند مَل ژلان
آ کاشہِ پیٹھٕ پاتال تام
اکھ آفاقی پائٔ غام واتناوان

## لولُک پأغام

زندگی ہتۍ لبریز زِندٕ روزنُک پأغام
ژ ٚے چھی لوٕلکۍ ساغر تھٔنومنٛزٕ نیران
تہٕ آبِ حیاتکۍ سمندر پدٕ بوتلہٕ پھٹان
ژٕ چھُکھاہ آکار کِنہٕ آکارُک تصوٚر
ژٕ چھُکھاہ مُرژن ہُنٛد بےہنگم جمہٕ گٹھٕ کِنہٕ اکھ مُر ژٕگر
ژٕ چھُکھاہ تِی یہ بہٕ ژھانڈان چھُس
کِنہٕ ژٕ چھُکھ تہٕ تِہٕ ییٚنہٕ بہٕ ژھانڈان تہٕ اوسُس
ژٕ کیٛاہ چھُکھ
ژٕ کیٛاہ نہٕ چھُکھ
ژٕ کیٚتھ چھُکھ
تِتھے ییٚتھ مےٚ وُچھُکھ، تِتھے ییٚتھ مےٚ باسیوٚکھ
یا تِتھے ییٚتھ مےٚ تصور کٔرمُن أنہٕ خانن منٛز گوٚرمُت اوسُکھ
ژٕ چھُکھاہ تِتھے ییٚتھ ژٕ پتھ کالہٕ تہٕ اوسُکھ
یا تِتھے ییٚتھ ژٕ بزٕ وٕنہہ کال تام روزکھ



مگر ژٕ چھکھ اصلی ئٕنز ۔ژٕ نے دِلے چھُے تہٕ لول کٔیاہ بأگر کھ۔
ژٕ ہبکو ے نہٕ سنگدِل تہٕ وٕنتھ، تِکیاز ِ ژٕ چھکھ صرف تہٕ صرف اکھ ئٕنز
نہٕ زُو تہٕ نہٕ روح
کٔنہن لول بران
ژٕ چھےٚ احساس ہے رأمتی
لوٕلکی نعرٕ چھکھ دِوان
لولُک باپار چھُکھ کران
لول سرِ عام دارس کھألتھ چھکھ امچہِ نیلأمی پیٹھ فخر کران
ہے لولہٕ کہِ تنگ نظر سوداگراہ
ژٕ چھُکھ لوٕلچ اکھ ترٛشہ علامتھ
یوسہٕ ساسہٕ بدٕن موزٕرن ہٕنٛدِ خونہٕ ستی بارسس آیٔ
ژٕ چھُکھ نہٕ تہٕ یہِ ژٕ چھُکھ
ژٕ چھُکھ تِی یہِ نہٕ ژٕ چھُکھ
ژٕ چھُکھ دُہے دوہ، نارٕ ے نار
پکھٕ ژٕٹتھ سُہ جاناوارٕ یُس نہٕ پکِتھ ہیکان تہٕ نہٕ وُڑِتھ
بند کمُرک اکھ ووش
تہٕ فرٕیچہ بے زُو تصویر

اگر نہٕ ژٕتہِ آیہکھ
تیٚلہِ ما آسہِ ہے میٲنہِ شہر نفرت پاگل گاٮ۪مژ
لوٚلس ما آسہِ ہے گردن مۆرنہٕ یوان
ارمانن ما آسہٕ ہَن کفنہٕ وٕلتھ
لاشن ہٕندی ڈھیر ما آسہٕ ہن
یتیمن ہنزٕ کن کڈٕ ونہِ کرٕکہِ ما آسہٕ ہن
عصمژن ہٕندی کرٕنز ما آسہٕ ہن چھلہِ چھلہِ
وٲران سڑکہِ ما آسہٕ ہن کھاوٕ گاٮ۪مژٕ ہ
نفرتکی سہلاب ما آسہٕ ہن
خوٗنکی دٕریاو ما آسہٕ ہن
قاتلن ما آسہٕ ہن خلعت ولان
تہٕ ہنز باٲنی شریفن ما آسہٕ ہن دارس کھالان
قلمن ما آسہِ ہے زٕبوٗ ژٕٹتھ
تہٕ تاریخس ما آسہِ ہے ہاےٚ پیمژ
مےٚ ونتہٕ خوداراژے لولک مندرچھکھ
تہٕ چیوٗن لول چھا صرف ژےٚ تام محدوٗد
اےٚ کھجوراہکہِ مندرٕ
کیاچاٲنی اکھ زٕ ژٕ واتہِ نہٕ میٲنہٕ یتھ کشیرِ تام



# دم پھٹۍ ہوا

گُطلۍ گٹہٕ زٲلۍ قیامتھ خیز معرٕ وسی ظلم اللہ
نبس پٹھ کرٛہنہِ اوبرٕ کۍ تہہ بُتھن وٲراگ وۆپھہٕ ریٲمتۍ
ہوادم پھٹۍ گھرٕتھ اَکۍ ہے شہس پیٛاراں درس لۆگمُت
سمندرترٛیشہِ ہۆت سنگلاخ سپدِ یوٚمُت تہٕ وُٹھ پھیشان
سبکلۍ صحراو رٕٹۍ متۍ تاپہٕ کرٛ ایوزن کنزٕان گُرٕنَن
فُراطُک وچھ دِوان پھہٕ اَچھۍ درن بٔنیہِ بالۍ لدصرفن
وُپھان پرٛ بتھ طرفہٕ آگر پچھنہِ ہیبتناک اکھ منظر
سُہ منظرٕیُس مےٚ دیِد وُوچھ سُہ منظرٕیُس چھُ دِیدن تل
سُہ منظراوس ورزُن واو، اوٗن طوٗفان، ظلمُک حد
ژٕہس منٛز ماجہِ گیہِ پھلواتہٕ مالین گاش چشمن روو
کوچھن اندر ہوچھکھ دودٕ پرٛ اژٕ معصومن تہٕ داوس لگۍ
نہٕ گُل تھاۓ وِکھنہٕ تھاۓ وِکھٹۆرۍ مۆرِکھ نیزٕ شمشیرو
نیکھ بامن تہِ وبلاۓ وِتھ تہٕ آدن باجِر کترٲوِتھ

دپان ظُلماتہٕ کُے افتابہٕ کھۆتمُت اوس کوٚفس منٛز
دپان انصاف پیۆمُت اوس زن رأیِل پتھر تا پس
أ رِکس کوٚنس اندر پرٛ گاٮ۪لی کٲری متہٕ آس تس تیٖرو
دِوان اوس کربلہٕ ہےَ ملکوتہٕ فلکو ہتھ نہٕ سہَ کھوٚ ژِو
کوٚ رُس ظلمن ہناہ لاغر مگر روزِ قیامتھ تاں
شہید واوِن لُبتھ بےٚ یہٕ اوس یُس نامِ خوداروومُت
تہٕ بےٚ یہٕ نامِ محمدِ مصطفیٰؐ روزِ قیامتھ تاں
تھووُ کھرٕ ژھرِ تھ تہٕ معصوموسٮ۪نس منٛز کوچھَن اندر
چھِ تتھ للہٕ وان اصغر بٮ۪یہٕ سکیٖنس ہوی تہٕ بٮ۪یہٕ اکبر



# ہلکاٲری

دوہ اوس لوٗسمت

رٲژ آسہٕ یادن گومرِ پھولان

سٲری ہیٚ گامس ٲس زن تہِ دُہی ژھبتے گاٚمٕژ

ژھوپہٕ ژواپاٚری ژھوپہٕ

بہٕ اوُسُس کٔنۍ زٔون پکان

گامچہِ ژھوچہِ وتہٕ آسہٕ زٕٹھان

کتھٕ آسہٕ وُٹھنہٕ آمٕژ

تہٕ وتن کھُر آمُت

زٔون ٲس اڈٕ برٕ موچھِ منٛز چھور پچھور کٔرِتھ

گُنہِ گُنہِ نٔۍ نیران

مےٚ پیٚیہِ نظر



گامچہِ وٗ ری یہِ وادو پیٹھ ہو چھِ مژٕ کولہِ اوس
سٔہلاب آمُت ، رتہٕ سٔہلاب
دُورِ اوس تمہِ گامُک کٔنہہ ہُون وُنگان
سُہ اوس پان ژٹان
رگہٕ آسس لجہِ مژٕ ، مگر وُنگُن اوس نہٕ ترٛ اوان
خبر کیٛاہ کیٛاہ آسہِ ہیٚتھ وَنان
مےٚ آس نہٕ تسنزٕ زبو پچھی مژٕ
نہٕ آس تس میٲنی زبان فکرِ ترٛ ان
وارٕ وارٕ ووتُس بہٕ تس نزدیکھ
تس گو وزن تہٕ پھرِ ٹھ
وُنگُن کوٚرُن بند
پتھر بیوٗٹھ تہٕ برٛھن پیٹھ ووتھ تھوٚد
گُلی گُنڈِتھ دِژن کرٛکھ
میٲنہِ زبٲنی منٛز
مےٚ ترٛاویٛاہٕ بہٕ چھُس نہٕ انسان
وقتہٕ کہِ خوداہِ میٛہ ترٛاویٛاہٕ ، میٛہ کُس اتھ کوٚر
بہٕ چھُس نہٕ انسان

تہِ بۆ زِتھ لٔجی مےٚ زن تہِ بجلی کرنٹ
نرِ زنگہٕ گیم بےٚ حبس
لورِژٕ نڈ آیام
أچھن ہٕپٹھم ژھانٹپ
کۆٹھین روٗم ہوش
تہٕ ییٚلہِ مےٚ حبس آو
بہٕ اوٗسس زبونبر کڈِتھ
وٕنگان
تمی ہٕسے ہۆنی ہٕند پأٹھی
فرق أس صرف یژٕ ے
زِ سُہ اوس نہٕ ہلکأری
بہٕ اوٗسس ہلکأری گومُت



# سوال

بہٕ کُس چھُس تہٕ کیٚاہ چھُس ؟
کتیُک چھُس کتیتھ چھُس ؟
تہٕ چھُس کیٚازِ کتھ چھُس ؟
اگر چھُس چھساتیٚلہِ ؟
چھسا بۓ ؟
بہٕ کیٚاہ گوٚو؟
صرف اکھ لفظ !
یا لفظن ہُند برٛم !
تصورِ یہِ چھا کِنہٕ چھُ یہِ تہِ اکھ خیالا
اگر برٛم یہِ مانو
کمیُک برٛم ؟
تہٕ کیُتھ برٛم ؟
وون مانو خیالا......

تہٕ یاں اکھ تصور!
تصور..........
تہٕ کیاہ گوٚو تصوٗر؟
تصور کمیُک حض!
تصور گوٚو واسہٕ؟
یقین، پڑھ، خیال یا..........!
خیاٗلی وُپھُن ہےٚ......!
تصور، سفر چھا؟
یہٕ گوڈ چھا یہٕ اند چھا؟
بہٕ کتہٕ نس کھڑا چھُس؟
گوڈس پتھ، سےٚ منزس
کِنہٕ چھُس اندس پتھ!
بہٕ کیاہ چھُس؟
صرف اکھ وجوداہ......!
مِہٕ وا اکھ مُرژہشی......!
یمس مُرژگر، آسے پنہٕ نےٚ دِوان
تہٕ پتہٕ ترٛایہٕ پنہٕ نےٚ تھُران روٗد

مےٚ چھا کانٛہہ وجودا؟

یا مےٚ چھنہٕ کینٛہہ وجودٕ ے……؟

مےٚ ما چھنہٕ یہِ خبر ے ــــ

وجودس تہِ تھوٚد چھُس

اگر چھُس تہٕ کُس چھُس

اگر چھُس کتینیٛک چھُس

اگر چھُس کتیتھ چھُس

بہٕ کتہِ آمتن چھُس

گرٛھن کوٚت مےٚ چھُم

میوٚن منزل چھُ کتہِ سا

بہٕ ییٚتہِ نس وُنی کبس چھُس

مےٚ واتُن کوٚتن چھُم

مےٚ واتُن تہِ کوٚت چھُم

چھُسا کِنہٕ چھُسے نہٕ

بہٕ کینٛہہ چھُس ضروری

بہٕ ما چھُس تہِ ینہٕ باتہِ کأنٛسہِ یوان چھُس

بہٕ ما چھُس تِتےٚ باتہِ یۄٚتاہ یوان چھُس

بہٕ ماپھُس أ چھوہیوٚ ر

بہٕ ماپھُس تہٕ یہٕ آسہِ ہاتوتہِ تِی پھُس

اگر نے بہٕ کینٛہہ آسہٕ ہا

آسہٕ ہا کیاہ___

چھہٕ یم کینٛہہ سوال............!

یا چھِہ یم کینٛہہ جواب..........!

اگر یم سوالہٕ چھِہ چھُکھ کیاہ جواب

اگر یم جوابہٕ چھِہ تیلہِ کیاہ سوال

سوالہٕ سوال

زندگی اکھ سوال

بندگی اکھ سوال

یہِ رُوح اکھ سوال

یہِ آسُن سوال

نہٕ آسُن سوال

یژھُن اکھ سوال

لسُن اکھ سوال

اگر یم سوالہٕ چھِہ پتھ کیاہ جواب

سُہ کُس دِیہِ جواب
کتھ دِیہِ جواب
سُہ کر دِیہِ تہٕ کتہِ دِیہِ سوالن جواب
اگر ہے جواب دِتھ تہِ رؤ دِم سوال
تہٕ تیٚلہِ کیٛاہ..................!
سوال، بس سوال، فقط سوال



# نارٕ بڑٕ یِہہ

نارٕ بڑٕ ہن ہُنٛد قہرُک تڑٕرا
دٕہہ گٹہٕ کارتہٕ دم پھُٹِ روح گیہِ
گٹہٕ ژٕلِتھی وٕ نا کھ زِ کھوژان
آدم، آدم ذاتھ ژٕمیاٚمٕژ
واو، وُنل یِیہِ یاٚ گر قیامتھ
خوٕفکی سایہِ چھِ پَر پھاٚلاٚ وِتھ
دیوتہٕ ڈٕبٹھاک چھ اٚس وہراٚ وِتھ
لاشن ہنٛدی انبار چھِ گھُتی ٕ متی
ہوٚنی چھِ زن ہلکاٚری متیاٚمتی
بارٕ گنٛڈٕ بن زن بامن آمُت
کرٕ یرٕ زٕ نٛڈ وزن پھرٕ کھترٕ وومُت
اکھ کتھ گاٚمٕژ خاص الخاص
نوٚلن صرفن سکھ اخلاص



دورِ وُ چھم اکھ لاشاہ پیمژ
أچھ مُژ رأ وِتھ اتھ پھألأ وِتھ
کُمی تاں وۄن پنہٕ نِی صرفن بچھ
بےٚ یہِ أ کی وون نولن حض مور
مومہٕ بأزی گر دیو ہیۆ اوس پیوٚمُت
کتہِ از تمہٕ ورٕ دار تیسنٛزٕ کتھ
کتہِ از مأنٛتھٕر جود تہٕ ژھل بل
کتہِ از لُکہٕ ارساتھ وُ چھان لتس
کتھِ تہنٛزِ تم تعویز بناوان
ہورٕ لُکو منٛزٕ بێیہِ اکھ بأزی گر نیران
تہٕ مومہٕ لتس مأنٛتھٕر دِتھ ہارناوان
از بس أُس صرِف تمی ہنٛزٕ لاش
پتہٕ خاموشی، بڑ وٚنہہ خاموشی



نزدیکھے أُس ٹرک اکھ ٹھہرِ تھ
ٹأر رِنیا مٕتۆ
پھٹ مژ بأڑی چھلہِ چھلہِ گأمژ

ڈالہٕ کھُلاۓ وِتھ الوٗنڈ تتھٕ کنٛز
زن تہٕ کھسِتھ منصوٗر رچھٕ دارس
زن تہٕ صلیپس پٮ۪ٹھ عیسیٰ اوس
تتھی ڈالس پٮ۪ٹھ لیکھِتھ ویوٗٹھ ویوٗٹھ
At Your Service S.M.C.
بہٕ تہٕ اوٗسس کتہٕ تامتھ تٕتھے
تتھ شہرس منٛز تتھی کوچسمنٛز
تان پٔنٛنی اکہِ اکہِ سوٗنبر اوان
اکہِ اکہِ واٹان لوٗب کُن تھاوان
کُنہ رتہٕ دوہہ ہتھ گلی شہلاوان
کُنہِ گھٔنٛڈی گھٔنٛڈی اڈ وُٹھ کُملاوان
سوٗنچان اوٗسس کانٛسہِ وُچھس ہے
پتہٕ مارٕنم بند ما کرنم
قتلُک کانٛہہ الزام دِیم ما
پتہٕ کُس بُتھ دِمہٕ موٕمہٕ بأزی گارس
پام دِیم ما باغس گوٗ وکیاہ
یاں پتہٕ نوش لبے زن آیم

موٗمہٕ بأزی گارس عجب ملک زأنتھ ما
ٹکرٕم قأدکرٕم ما
پتہٕ مادِیہ بۍ یہِ بارو عشقٕنۍ
مس مُژٕ رأوِتھ
جامن ترٕ دِتھ مُتۍ مژ رس منٛز
نِنٛد رِأ چھو محبوبس ژھانٛڈان
باغس پھیران پوشن گاران
بۍ یہِ مقبوٗلن لفظ دِتس زن
راجن بیٚیہِ آواز دِژس زن
صبح پھوٚل بلبلو ٹُل شورِ غوغا
گٔیس بیدار مُژٕ رٕم چشم شولا
نہٕ ڈیوٗ ٹھُم باغ نے تمہِ باغہٕ کی گُل
نہٕ بوزُم از چمن آوازِ بلبل



# شام سپُد

لولہٕ متہٕ لاے دوہُس حض کوٚر ہم
کوتاہ لول تمو از بوٚر ہم
زن اوسُس
صٔدین ہُند قاٗدی
کاون ،صرفن ، گاٹن ،نوٗلن
ہلکاٗری ہونین کھاوَ گردبن ہنٛدِہ
پنٛجہِ منٛز از آزاد سپُد مُت
شایداوٕ کنٛز آیہِ ژٕستھ تم
یَم ووٚنی پھرٛ کھترٛ اَوِتھ اَسی
دوٗ رِہتھ پردبن نَش بوزان
کٔیاہ کٔیاہ سپد بوٚ تہٕنٛزِ زنم پینٛجہِ
کوسہٕ کوسہٕ نَبہٕ ترٛٹھ
تاپس تتہِ وٗژھ

کمہٕ کمہٕ وٕنٹھ تتہِ بُنِٛ لِوانہِ مژٕ
کم کم کوہ پیٚیہِ زن تہٕ گگر ہوی
کم ولہٕ ویر سپدی أنی گلی ژٕری
کمہٕ کھٕتی قبرن ہٕندی انبار
کِتھٕ کٔنی شمشانو دِیُت بُگھ تتہِ
کِتھٕ کٔنی نارٕ الاوٕ ستی ژٕ زِتھ پیٚیہِ
مہرٕنی ماجین ہٕندی ارمان
کِتھٕ کٔنی کولہٕ از صُجأے صُجأے
لاشہِ تہٕ خوٗن ڈُوان یِروالان
پوٗرٕ دوٚہس مےٚ تہِ وٕنی ملھاز
تمہِ پنجہِ ہٕندِ دادِچ اکھا کھرژھ
تم تہِ روٗدی دُوہی دوٚہس بوزان
شام سپُد اکہِ اکہِ سأری ژٕلی
بیٚیہِ روٗدس تنِ تنہا سکہِ منٛز
سکہِ ہٕندی خاب سجاوان لوٗران
سکہِ اندر تصویر بناوان
سکھ سوٗنبراوان سکھ گنٛز راوان

تٔمۍ سٔنز اکھ اکھ کتھ یاد پاوان
اکھ اکھ ژِیوٚ ہ اکھ وأنسا ہیوٚ
سکہِ اندر روٗ دُس دفناوان
سوُرُے یادیہِ از تام اوُسم
سوُرُے یادیہِ از تام اوُسم



# وُپھل

وۄتھ واو عجب آوا کھطۄ فان تتہٕ شہرس
ہۄکھی باغ پھلے دٕزتہٕ گُلن ژاوزُر تیٚتھ
گۄو باغوانن ژٕس تہٕ کٔسب روو تمن زن
بُلبُل لبجن پیٹھ گلی تہٕ طوطن رأوزبانے
گیہِ ہارِزن پاگل تہٕ گلن رأوی ترانے
ؤژھ تیزٕ وُنل آفتابن رۄو وجودٕ ے
وبگلان گیہِ تم شینہٕ کوہ ہۄکھی آبہٕ سمندر



آسمانہ کۄ ڈُن واش وۄلُن نال ژواپأری
گُنزِک عجب عالم چھُ ونۄ کیاہ تہٕ کرو کیاہ
کُس زانِہ سُہ گۄو سبکھ تہٕ تمس باگہِ سکھے سبکھ
ہۄمہِ شہرِ دپان بیٚیہِ چھُ وۄتھمُت بُوج لُس مُتیٚ سُند
بیٚتہٕ لۄکھ بسان تیتیٚ شُمارٕ ے نہٕ گرٛندے چھکھ
بیٚتہٕ لۄکھ سبکھ، بیٚتہٕ لول سبکھ، بیٚتہٕ بس چھِ سکھے سبکھ



## سکہِ اثبار

ازتہٕ اوس خاب أ چھن منٛز
تِتھے کُنٛز یتِھٕ کُنٛز آسانٕ اوس
سُے کولہِ بۆٹھ تمے گُلٕ کُٹٛ
سُہ اۄنٛد پۆک
شِٕی شِی کرُون ہوا
نٕکھرل آبہٕ شار
کولہِ ہُنٛد مژر
بونہِ شہجار
کرٕزٕں ژھالہٕ ماران
نِکی نِکی شُری پنٛد إِ ہیتھ دوان
پنہٕ پوٕپُری
ییران تہٕ وٕ وتلان
گاہے أ کِس تہٕ گاہے بیٚکِس پوٕشس پیٹھ بہان

بالکل تتھے کنز

ازتہِ اوس نب صاف

اؤ برِ لش اُس نہٕ گُنہِ

ازتہِ اوُسس بہٕ پیٛاران

گامچہِ تتھ پینٛچہِ پٹھ

یتھ پٹھ

بیٛہہ وجہِ کالَس

اُسی دوٚہی دوہس تاس تہِ گنڈان

تہٕ سائنی زِٹھی اسہِ کھٔلتھ نماز پران اُسی

بُلبُل اوس پچھان

شاید اوس گس تان گرس پوٚژھ یِنہٕ وول

بہٕ اوُسس شہر راتھے آمُت

صرِف ژٔ یے سمکھِنہِ

اچانک دژا ایکھ ژیارٕ بل

بجتھ تہٕ ڈٕ جتھ

مہربٲنی ڈشی

بہٕ ووشلیوس

ژٕ آیکھ نزدیکھ
سبٹھاہ نزدیکھ
تیژٕاہ نزدیکھ
زِدون سپُداکھ
مےٚ باسوٚ وارٕ وارٕ پوٚ مازٕ ستھ
اُڈی جہِ سوسہٕ رِیٲیہِ
روح ژٕاور وحس منٛز
سمے رُکوٚ
کِنہِ سَمے موکلوٚ
حدٕ گییہِ ختم
کِنہٕ حدٕ نبر دژاے
اچانک گوٚ وِکیٛاہتام
مےٚ مُژ راوِ اُچھی
نہٕ اوس کولہٕ بوٚٹھ
نہٕ تم گُلۍ کُٹۍ
نہٕ سُہ اونٛد پوٚک، نہٕ اَسی باغ تہٕ نہٕ کڈٕ زٕں
نہٕ اُسکھ ژٕ تہٕ نہٕ بہٕ

صرِف أُس سبکھٕے سبکھ
سبکِہ ہٕنڈی انبار
تۄ بِہ اوٚسُس
سبکِہ مٔنز سبکھ سپُد مُت



## مۄر

تُتھی کمرس منز تُتھی لبہٕ گُن
ڈٲکھ ترٛ أوتھ چھُس ازسونٛچان
وُنی وُنی اوسکھ ژٕتہٕ ییتہٕ نس
روشان مُنزی منزی شکوہ کران
کیا تامتھ زن چھُکھ باوان
کیاہتا متھ چھُکھ مُشراوان
مُنزی باسان چھُکھ سورٕے میوٗن
مُنزی باسان چھُکھ دوٗر گژھان
مُنزی باسان چھُکھ جگرُک کھونٛٹھ
مُنزی اکھ یاہ گی خیال لگان
مُنزی چھُم بسان ییتہٕ نے چھُکھ
مُنزی زن دوٗر سبٹھاہ باسان
گُنہٕ وِزِ دانایی ہنٛز کتھ

کُنہٕ وِزِ چھُکھ شُری باشہٕ کران
کُنہٕ وِزِ دوکھ لد دِل رٕژھٕ ران
کُنہٕ وِزِ سکھ تکلیف دِوان
کُنہٕ وِزِ چھُکھ ژٕ ے ہمتھ میانٔی
کُنہٕ وِزِ خوف تہٕ ڈر باسان
أتی ہٕ نے نرمی ہُند مُرژا
أتی ہٕ نے نار ژٕ زن شولان
یمہٕ کمرُک پژ بتھ کانٛہہ دیوار
اکھا کھ کتھ کو چھِ منزٕ للہٕ وان
از چھُس کُن زوٗ ن اُکس بوزہم
تنہاٰیی چھُم کھنہٕ دوران
بس چھُم یاد دِلس منز چاٰنی
سوٗ ے چھُم تٔژ ہ ہمتھ بخشان
زندٕ چھُس یتھ سکہٕ سنسارس منز
ژٕ ے چھُکھ روح ژٕ ے جسم تہٕ جان



# واپس آس

واپس گرٕ از آس تِتھے گٔنز
یِتھ گٔنز دوہ دِش اوُسس واتان
شام ڈٔلِتھ
از تہِ شام تِتھُے ہیوٚ باسان
از تہِ چھ سٔڑکن پیٹھ کینٛہہ شُری
شُری باشہِ کران
ژھپہٕ ژھارِ گنڈان
اکھ پنہٕ نُے بیوٚنِ دُنیا آباد کٔرِتھ تتھ منٛز
بے غم بے پرواہ مُستی منٛز
لوٕلکی ساگرٕ تم خرچاوان



بجلی کوٚٹس پیٹھ بجلی بُتۍ آس گاش وُہان
مٔنٛزی منٛزی اوس راتہٕ رِکٔز یلا نیران کینٛہہ گژھ ماران

بُلبُل ،ژرِ، ہارِتہٕ باۂے جاناوارژ میمٹی آلبن منز

قُمر بن ، کستوٗر بن ، کوٚکلیٖن ،طوطن ہُند نہٕ پے یی

ہونبن اوس لوٚ گمُت ہوٚ ٹ وُنگی وُنگی

ووِن اُسی تِم اُچھی وۄٹتھ کلہٕ دۄبہٕ راۂ وِتھ ٹوگجن منز

ژھو پہ دم کری کری شاید کھوژان

اُتھی منز ووٗتھ کرٕ بکہٕ نادِ زِہ زرپوٚ

جاناوارِتہٕ آلوٕ منز ژلی شی کری کری

ہونبن ہنز دورِ ستبن گردِ غبار کھوٚت آسمان تام

اُڈی اُسی اور ژلان اُڈی یور

کانہہ نہٕ کانسہٕ ہُند ،ساری پانس پانس

دبو ،ڈیٹھاک ،جن ،پزٕ بتھ کانہہ زُوو بچاوان

نۆل ،صرف ،گربدتہٕ گانٹہٕ اکھ اکس پتھ پوٚان

پزٕ بتھ اندٕ ہۆلی بار و گژھان

دوٚ رِ پہم اُسی اکس شیلہٕ تل صرفہٕ بچہٕ پھسر ارے کران

یہٕ ڈبوے لوکٹس ونان: زُووبچاو

پناہ چھیا شہرس چھ انسان متیوٗ مُت



# ژِٹھ

ژٕ چھُکھ بادشاہ
یۄیمہٕ ژُ گتِھ
ژٕ ےچھے سکہٕ ہُنٛد راجُت
ژٕ چھُکھ وأرث در
یۄیمہٕ بُتھرأ ژہُنٛد
بٕہ چھُس گداگر
اکھ ژھوٚرُے بانہٕ ہٮ۪تھ
ڈیرِتلِ چانہٕ آس
یُن توٚ گم نہٕ
مگر توتہٕ آس
رِکبرُک کلہٕ نمہٕ روُم
ژٕ ےچھے ساأرے خبر
لاوأرث چھُس

زن تہٕ اکھ لاش

نہٕ پتھ کانٛہہ نہٕ برٛونٛہہ کانٛہہ

صِرف بےستھ تہٕ لاچار

تِمس ژورنگی ہٕندی پأٹھی

یُس نہٕ پکِتھ ہیٚکان

نہٕ وٕتِتھ

زبان بند

أچھی بےنوٗر

نرِ بےحِس

تہٕ پرٛژٕتِتھ

پنجرٕ کِس تس جانوارٕ ہٕندی پأٹھی

یُس وأنٛسہِ وادوقأدِی چھُ

کس ونہٕ

کس دمہٕ آلو

ژٕرے رٕوس

ژٕ چھُکھ بادشاہ، تصوفُک

مژرک

تہٕ تمہِ طاقتُک
یُس لامحدود چھُ
بہٕ ونہٕ ہےَ مگر ژٕ زانکھ سورُے
ژٕ چھُکھ تہِ ینہٕ ژٕ چھکھ
ژٕ چھُکھ تتہِ یہِ نہٕ بہٕ تصورتہِ کٔرِتھ ہیکہٕ
ازمان میۆن
مےٚ دِ زبان
مےٚ دِ ہوُۆپھ
مےٚ دِ طاقت
تہٕ مےٚ دِ پنُن پان
تتھےٚ یُتھ بہٕ اوُسس
تہِ تتھُے یُتھٕ بہٕ
چون دامن رٔٹتھ
پننہٕ نِس منزلِس واتہٕ
میۆن منزل کیاہ چھُ تہِ چھےٚ ژٕ پتاہ
تہِ کیا زِ ژٕ چھُکھ رازٕ
رازٕ ہوٗ ژٕ

راز بُتر اَ ژہُنڈ
راز سمیک
راز دِلن ہُنڈ
راز سرِن ہُنڈ
ہےَ میٚانہٕ رازاہ
بادشاہ سلامتھ
مےٚ دِامان
پننہٕ نٔبن قدمن مٔز
مےٚ دِامان



# ژٕنڈۍ تار

اسہِ اُنجی خۄنس دار ونکھ کس
پڑ ہتھ کانٛہہ دِل بیمار ونکھ کس

اسہِ گنٛجہِ دشہِ پڑ ہتھ کُنہِ استانس
اسہِ گوٚو نب بیزار ونکھ کس

کینٛہہ گلی کینٛہہ ژٕلی بُستیٚ ترٛاوِتھ
کینٛہہ گیہِ پیرو پار ونکھ کس

یوٚنہِ پنٛس پپٹھ لیکھِتھ سۄزَن
کمی تاں ناڑے نار ونکھ کس

اسمانس تاں رتہٕ چھکہٕ کھاٲلتھ
پتہٕ کوٚر وُٹھ گُمجار ونکھ گس

روز سہَ گوٚش دِتھ یِنہٕ کانٛہہ بوزِی
تھنہٕ پہو پانٛس فیٚار ونکھ کس

گاشہِ مُنار کھوٗٹھٕن پوٗنسن گٔنی
اسہِ کوٗر انہِ گٹہِ کار ونکھ کس

زوٗن ارٕنی نیلام کٔرِتھ ژٕھنی
للہٕ دبد کٔر سنگسار ونکھ کس

اسہِ درگاہ محصوٗر کٔرِتھ تھوو
ژارس کوٗر لرٕ پار ونکھ کس

اسہِ کٔر وبتھِ ہنٛز عصمت دأغی
اسہِ کوٗر ڈل لاچار ونکھ کس

ناگ پشاج یکش سُمی سُمی آے
کپشش ژأنِکھ لار ونکھ کس

خلعت ڈٔلی اسہِ راتھ یمن حض
از وألِکھ دستار ونکھ کس

پگہس نس نہناٲو تہٕ دۆد از
راتس گٔنڈ گٔنڈی تار ونکھ کس

قلمن زیو ژٕٹ اچھرن پٔٹ گٔنڈ
پتہٕ اڈِ لکھِی گلی شار ونکھ کس

طوطہٕ قُمری کستوٗری کلیاہٕتی
کاو چھِ در بازار ونکھ کس

کنہِ شہرس منز پھبہِ کیاہ کنہِ رُس
وولیاہٕتی کنہِ آر ونکھ کس

پۆز ونہٕ ہا سقراط گرشہم ما
پۆز ونہٕ نس چھا وار ونکھ کس

ییتہِ پٔٹھ بین الاقوامس تان
لاشن ہنٛد باپار ونکھ کس



# اشتہار

لبن پیٹھ خوٚنہٕ ٹکی ژھرٹھ ژھرٹھ کران از
تہٕ کوچس منٛز چھِ وحشی سایہِ پھیران
سبٹھاہ خونخوار...... موٚتکی جامہٕ ڈٕلی ڈٕلی
شہر خالی گوٚمُت ساری موژٕ ہمتی
گرن اندر کٔرِتھ بند دارِ لیٚے
وچھس تل ژوٚ رِتھوی ماجو پٔنٕنی شُری
خبر چھا تھپھ دِکھ ماگاۓ نٹھ گرٛ بد کانٛہہ
گگر واجبن اندر انسان بٔری بٔری
کموتاں وو کھٕ نوٚ لوٕٹال کھاۓ جکھ
جنگل پھاۓ لِیایہِ انہِ گٹٛ نال وۄلُمت
حیاتس کشمکش گاشس لگان ہکی
ودان انسأنیت پرٛ اٹان وچھ از
دیان ہُمہِ بالہٕ اوٚگن تاپہٕ کرٛاین

تہٕ یوٗگن بوٚنہِ شہجارن اندر بس
حوانیلام سپدان دوہلہِ گاشن
تہٕ غاٲرتھ ییتھ دپان تتھ لوٗٹھ گوٚمت
یہوٚ ے گٹہٕ کارپڑتھ اندٕ ہوٗل بارو
شہرمنٛز جودبس انسان رووٚمت
تہٕ أتھی منٛز ہوٗن اکھ وِران دوران
دگدن تل اوس تس اکھ تازٕ اخبار
وٕٹھوٕ رحرفو لکھِتھ تتھ اشتہارا
ضرورت اسہِ چھِ ہوٗنن دفترس منٛز
أکِس انسانہٕ سنٛز، کیٛاہ سہ
چھوٗ اکانہہ؟



# تھالُک گوٚد

أسی دوٚشوَ ے أسۍ أ کی ہے تھالس منٛز کھوٚان

دوٚدٕ بتہٕ ــــــ

تمہِ پتہٕ تہِ اوسکھ ژٕ ژٕ ے

تہٕ بہٕ بے ــــــ

اچانک سپُد خبر کیٛاہ ــــــ

تھال پھوٚٹ

دوٚدٕ بتہٕ آو چھکُر نہٕ ــــــ

ژٕ گوکھ ژٕ تہٕ بہٕ بہٕ ــــــ

اسہِ رُٹی بیوٚن بیوٚن تھال

بتہٕ تہِ بأ گُر تہٕ دودتہِ

مگر افسوس چھِ صرف یہِ زِ

أسی دوٚشوَ ے روٗدی امہِ کتھِ نشہِ بے خبر

زِ یتھ تھالس منٛز أسی یکوٹہٕ کھوٚان أسی تتھ اوس گوٚد

تہٕ اکھ صرفہٕ بچہٕ اوس أرکُرتھ بہتھ

تمی دوٚدٕ ستی پھاپھلتھ أچھی دربنان یُس تھالس نیٛرِتھ اوس ژلان



# بۂ کوٚت گرژھۂ

ژےٚ زوُنتھ بۂ گوس خوش زِۂژ ژوٚلگھُ
شاید اُٗسم لاۂچ زِبۂ کھسمۂ سوُرے تھال
تۂ مالا مال گرژھتھ بنۂ لاشریک
زٗمین رٹن موچھِ منٛز تۂ نبس ترٛاوِ کمنٛد
آورِنن پیٹھ کرِ خابۂ محل تاٗمیر
چاٗنی نشانۂ مِٹاوِ
تۂ پرٛ بتھ چیزس پیٹھ ترٛ اوِ پننی چھاپ
مگر ژےٚ چھےٚ نۂ شاید پتاہ
مےٚ بناٗوی آوِ رِنن منٛز خابۂ محل
مگر خابے راٗوی
لوچن بناٗوِم کفن
تۂ ژھاگن رزٕ
تۂ چاٗنی نِشان مِٹاوان مِٹاوان

گوس بہٕ تِتھے کُنۍ غآب یتھٕ کُنۍ
سکہِ پٔٹھ پٔدی چھِ گرٛ ھان
چون آسُن بنووےٚ نہٕ آسُن
تہٕ تہِ کران رووےٚ پنُن آسُن
مےٚ ترٛ آوٕ پٔنٕنۍ راتھے بنأمرٛ موہر
پرٛ ہتھ چیزس پٔٹھ
اما پوٚ زیہِ رودُم نہٕ خیالے
زِقبرستانن کیٛاہ کرٕ ——؟
توٚ تام یوٚ تام تم تیتۍ برٛ آیہ
زِہ بہٕ چھُس وونی امی فِکرِ گھیوٚمُت
زِ اگر بہٕ مودُس ژےٚ میلی توتہِ شمشان
بہٕ کوٚت گرٛ ھہٕ مےٚ بنیا قبرِ وارتہِ
بہٕ کوٚت گھرٛ ہٕ
میہ میلیٛاہ
قبرِہ وار



# بونہِ نار

ژٕ اوسکھ راتھ تام مےٚ ڈکھِ
پھٕکِس ستی پھیوٚک رلاوِتھ

تہٕ بہٕ اوسہٕ سےٚ ژےٚ ڈکھِ
اکھ جسم تہٕ اکھ جان
نم تہٕ ماز

توٚ تام ____ یوٚ تام سہٕ ورزُن واووٚتھ
اسہِ دوشوٕنی ژوٚل آناً فاناً ڈوٚکھ نیرِتھ

ژٕ آکھ ہوٚمہِ بالہٕ ہوگُن ٹھاسنہٕ
تہٕ بہٕ بالہٕ یوگُن
ژےٚ آیی ترٛشسکھ باگہِ
تہٕ مےٚ بونہِ شُہُل
ژٕ آسکھ دزان زِبہٕ چھُس بونہ، شُہُل چھاوان
مگر ژےٚ چھےٚ نہٕ شاید پتاہ

زِبونِن ہیوٗتُن نار
نارس بنأیہِ بُسرٕ
تہٕ یِہٕ آس تتھ منٛز بزٕنہٕ
نارٕتیٚ گھٔتم سأرٕے پأنٛس
سگ دگ چھَم، دوٚہس رأتس چھُس للہٕ وان
ییٚلہِ تہِ دَگ رژھ کھنٛڈ ہمان چھَم
ژٕ چھِہم یاد پیٚوان
تہٕ باسان چھُم
تالے وراوشکھ
تہِ کیٛاززِ ریگستانن ہنٛزِ تٮ۪ژتاپہٕ کزٛایہِ منٛز
یہِ ژٕے رٕژھرِ تھ رُودُے
تتھ سأری ہے گُرمیٚہ بونہِ نارن ژٕنۍ



# فأصلہٕ

ژٕ چھُکھ دپان تہِ یہِ نہٕ سپدِ
بہٕ چھُس ژھانڈان تہِ یہِ نہٕ میلہِ
أسی دوشوَے چھِ دُوٗ وٕلتس پیٹھ کھڑا
فرق چھُ صرِف یِژھے زِ ژٕے چھے منزل بروٗنہہ کنہِ
تہٕ مےٚ چھِ وُنی انتظار کران
ژٕ چھُکھ حاتم طاَیی، حُسنٕک بادشاہ، لولُک آگر
بہٕ چھُس خألی ٹوک ہیتھ پرٛتھ کأنسہِ پتہٕ پتہٕ پکان
آرٕ برٕ ژٕ نظر ووٗ چھان ۔ لاچاری ہنٛز کرٛ بکھ لأ گتھ صرِف منگان
اکھ منگہٕ وُن
مگر یہِ کتھ أس نہٕ دوٗ ہے
بہٕ ییٚتس کالس چأنس برس تل روٗ دُس
نہٕ اوسُم غمِ دنیا تہٕ نہٕ عقبیٰ
خوشی ییٚن ہنٛدی انبار أسی پرٛتھ طرفہٕ پھولان

ؤ رِی اُسی ژِہن منز نیران
بہٕ اوُسس راتھ دوہ صرف آکار بناوان
تہٕ کیاہ زِ مُصوّر چھُس ناتہٕ ہنزِ راز دانہٕ ہُنٛد
آکار خابن ہٕندی
آکار امارن تہٕ سرابن ہٕندی
آکار اَنی منزِلن ہٕندی تہٕ خیالی سلطنتن ہٕندی
مگر یہ روٗدُم نہٕ خیالے
زِ خاب چھِ اکثر چھلہِ چھلہِ گژھان، چھکر نہٕ یِوان
اڈوتِی پھُٹان
امارتہٕ ارمان چھِ اڑ کھٔشی گژھان
خیالی گُرٛ نہٕ چھُ زیرِ دستی پھُٹان
سکہِ منز تامیر سپد نہٕ وول پڑتھ کانہہ گرٕ چھُ سکہِ بُزی گژھان
اڈ تِی سپدِ یہ سپدان روٗد
ورزن واوتلُن
دارِ تہٕ برآیہِ ٹھاسنہٕ، پش آیہِ ؤستھ
بجلی کوٹن پٹھ الونٛد بتہٕ آیہِ نہٕ اَتھی
خاب پھٹٕ ڑتہٕ شیشہٕ کھنجہٕ آیہِ ساری بے چھکنہٕ

رتہٕ دأیِ گوٚو سورُ ے
میوٚن انگ انگ ،روح تہِ تہٕ جسم تہِ ......
سأری ہے ووٚ جوٚ دس کٔرِن دگ
ووٚنی چھُس سو ے دگ للہٕ وان
چھوٚر چھوٚر چھُس کران زن تہِ تاوِ منٛز گرُن
پانے سوٚنچ یہ ژیژھان چھکھ تہِ سپدِ یاہ
تہٕ یہ بہٕ ژھانڈاں چھُس تہِ میلیٛاہ
ژ ے ون بہٕ کیٛاہ کرٕ
ژٕ چھکھ دوہے میانہِ زندگی ہُنٛد فأصلہٕ نوان
ازتہِ نہِ کانٛہہ فأصلہٕ
بہٕ چھُس گردن دأرِتھ ،مےٚ چھُ دوہے فأصلہٕ بوزُن
تہٕ کلہٕ نوٚمہٕ رأوِتھ قبوٗل کرُن
بہٕ چھُس ازتہِ تِی کران تتھی پیٛاران یتھ دوٚو تِس پتھ
یہ زأنتھ زِوٗنل چھُ میوٚن تقدیر
بہٕ چھُس حسبِ عادت چانِی زبأنی پٔنٛن فأصلہٕ بوزُن یژھان
بوزٕ ناوٚ پٔنٛن فأصلہٕ میانہِ ڈیکہٕ رِکھِ ہنٛدِ خألقہٕ
دلن ہنٛدِ کٔنی مألکہٕ ژٕ چھکھ پٔزی پأٹھی لاشریک ......



## سوز واپس

مےٚ سُوز واپس پٔنُن تہٕ سوٗرے
ژےٚ رِنش چھُ تھوٗمُت مےٚ یُس امانتھ
امانتس پیٹھ کرکھ خیانتھ
ژٕ سوز واپس



أکِس خطس منز وٚلِتھ مےٚ تھٲوِمژ کرٚہنٛز چھَ روتل
أکِس اندرٕ تم زٕزرِ رِنیمتی مےٚ خاب تھٲمتی
بٔکِس خطس منز پٔنُن کھٹِشی لد وُ جارٕ دُنیا
ژُرِل شِٹھاأمژ ہُنٛدرجوأنی تہٕ واریاہ کینٛہہ
امانتس پیٹھ کرکھ خیانتھ مےٚ سوز واپس



ژٕنِش چھِ میانِن امارٕ برأ ژٕن غِلافہٕ گٔرِی گٔرِی
ژٕے نِش چھِ میانِن خیالٕکی پأزن بو دٕر بنأوِتھ
ژٕے نِش چھِ میانِن سٕکلی سرابن ہنٛزٕ ے حقیقت
ژٕے نِش چھِ میانِن ہوکھن وُوٹھن ہنٛز سرِ ہج تراوتھ
امانتس یِنہٕ کرکھ خیانتھ ، مےٚ سوز واپس



میٚہ اَسی تھأمتی رٕچھِتھ ژٕے نِش کینٛہہ خیال اڈٕ پھولی
رزن اندر بنٛد وِصالہٕ کی کینٛہہ سوخن رٕیمتی
میٚہ اوس تھومُت رُوحُک تہٕ جسمُک سرُ ورژٕے نِش
میٚہ اوس تھومُت وجوٗد پنہٕ نُے ژٕے نِش امانتھ
امانتس یِنہٕ کرکھ خیانتھ ۔ میٚہ سوز واپس



میٚہ چھُم خبر چھُس بہٕ روومُت از
میٚہ پان پنہٕ نُے چھُ ازگوٚبیوٚمُت
وٕلتھ گھٹٕ چھُم پنٕنی میٚہ تھاوِنی
تہٕ کیاہ زِہ ورزن چھُ واو وو تھمُت
شہر چھُ پیوٚمُت پتھر تہٕ پٕرتھ کانٛہہ
پنٕنی گھٹٕ ہِتھ ژلان پانس
امانتس یِنہٕ کرکھ خیانتھ ۔ میٚہ سوز واپس



دُووُوت چھُ بُتھِ کنِز وُنُل چھ واراہ
ژٕ نیر ھوکُن بہ نیرہ یوکُن
پِتو چھُ تالے پِنُن پِنُن ھے
کمِس چھُ واتُن کمِس چھُ راوُن
مگر یہ کتھ ازپۍ یی ژۍ مانٕز
مۍ سوز واپس پِنُن تہِ سورُے
ژۍ نِش چھُ تھوٚمُت مۍ یُس امانتھ
امانتس یِنہٕ کرکھ خیانتھ
مۍ سوز واپس، مۍ سوز واپس





مصنف سُند ناو : بشیر احمد ملک

قلمی ناو : بشیر اطہر

زاسنہٕ : ۱۵ اپریل ۱۹۵۴

زٕہنہٕ جاے : ہاکورہ بدسگام

تاٗلیم : ایم۔اے۔اردو

پیشہٕ : صحافت۔

ایڈرس : ڈپٹی ڈایریکٹر نیوز، دوردرشن کیندر سرینگر۔

مصنف سٕنٛزِ ماباقی کتابہٕ:

۱) کلیاتِ اسد میر۔ کاشُر مطبوعہ کلچرل اکادمی۔

۲) چنار رنگ۔ مطبوعہ کلچرل اکادمی۔

۳) کنہِ شہر۔ شارٕ سومبرن۔

۴) مرو واس۔ مصنِف سٕنٛزن غزلن تہٕ نظمن ہُند ہندی ترجمہ۔

Afaq Printers
Jama Masjid, Nowhatta, Sgr.
M.:9419004683